# کأشُر رامائن

یعنی

## رامہٕ اوتارہٕ ژرِٕت

تہٕ

## لوٕ کوش ژرَِت


مصنف ــــــــــــ پرٕکاش رام کُریگأمی

شیرہٕ ژآر ــــــــــــ پروفیسر بلجی ناتھ پنڈت



جموٗں و کشمیر اکادمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز

(۱۹۶۵ء)

# مضمون ہُند فہرست

# گوڈٕ کتھ

کاشرِ شاعرن تہٕ کلاکارٲسی اوتہٕ اوتہٕ تام گوڈٕ سنسکرت زبانۍ منز تہٕ پتہٕ سنسکرت تہٕ فارسی دوٕنوٕنی زبانن منز شاعری ہیٚژٕ لیکھان۔ کاشرِ زبانۍ کُن ٲسی نہٕ ہُم زیادٕ توجہ دِوان۔ کاشرِ شاعری ہُند آغاز سپُد متاہٕ سنتن تہٕ فقیرن ہندِ کلامہٕ سٟتی۔ یمن منز ہم زن بڑی علمبردار چھہ ہم گیہِ لل دید تہٕ شیخ نورالدین ریشی۔ یمو پتہٕ چھہ حبہ خوتونہِ ہِش شاعر کشیرِ منز پٲدٕ سپدان۔ یمیٚو زن دُنیاۍ مسلن پیٹھ شار لیکھی۔ یمن پرانین شاعرن ہندی باتھ ٲسی لوکھ گیوان تہٕ یادکران دارٕ دارٕ ہیٚتی لوکہٕ ہم باتھ لیکھنی تہٕ۔ کیٚژھو لیکھن والیو کٔر یمن منزٕ منزٕ کینہٕ کینہٕ ملاوٹ تہٕ۔

یِمو کاشرِ یو شاعرو زن دھارمِک شاعری منز خاص کتابہٕ پاہٕ لیچھہ یمن منز چھہ زیادٕ موشوٗر پرکاش رام کُرۍ گامی، پرمانند مٹن تہٕ کرشنہٕ رازدان ویتوٗہ ہوی بزرگ۔ یِمو ورائے تہٕ وُنیو سیٹھاہ گوہٕ مانت۔ یِمو مختلف مسلن پیٹھ لیوکھ تہٕ یِمو منزٕ موشوٗر رسول میر، مہجور، ماسٹر زندٕ کول تہٕ آزاد ہوی شاعر چھہ یوٚد وَے یِمو سارِوی شاعرو پننہِ پننہِ رنگہٕ سیٹھاہ جان شاعری کٔرمژ چھہ توٚتہِ چھُہ کاشرِ زبانۍ منز ادبی سرمایہٕ سیٹھاہ کم۔ اتھ مقابلہٕ چھُہ بھارتچن کینژن بیین زبانن منز واریاہ قسمک سیٹھاہ ادب موجوٗد۔ متن بنگالی زبان چھہ اتھ عالمس منز سیٹھاہی امیر، تتھے پاٹھی چھُہ اُردو، ہندی، گجراتی، مرہٹی وغارٕ زبانن ہُند ادب کافی وسیع، قسموار تہٕ تھدٕ پایک۔ کاشرِ زبانۍ ہندہ غریب آسنک وجہ چھُہ پیٹھے وننہٕ آمُت زٕ یمہٕ ریاتکی ادیب ٲسی سنسکرت تہٕ فارسی زبانن منز ادب لیکھان۔

بھارتس منز آسنہٕ تہذیبہٕ والین لوکن ہنز سوٚ کانہہ تہٕ زبان پتھ منز زن

رامایَن مُوجود آسِنہٕ - یتھ زبانٕ منٛز کینٛہہ تہِ ادب آسِنہٕ تتھ منٛز تہٕ آسہِ کم از کم رامایَن ضرور - یُس ادب زَن میٛانہِ چھُہ سبٹھاہ لوکچارس منٛز پننہِ نارہٕ منٛزٕ زیوِہ کَن گومُت سُہ چھُہ پرکاش رامُن رامایَن - وُنہٕ چھِ زیٛچھن راتَن آسی اُونٕزٕ اُونٕزٕ تام سارنی بٹہٕ گَرَن منٛز شامن ہنہٕ کھبتھ ساری بآژ اَکسی کَمرس منٛز بہان تہٕ اکھاہ اوسکھ پرکاش رامُن رامایَن بوزٕ نادان نہٕ باقی آسی کن دآری دآری بوزان - منٛزٕ آسی ہنہٕ دوٚہلہِ باچھہِ مُورین منٛزٕ کماہ نہٕ بناوی بناوی رامایَنہٕ چِھ لڑاین ہُند نقل کران تہٕ پانٛھر چاپران - وُنہِ تہِ چھہٕ یہ کتھ واریاہن گرَن منٛز چلان - غرض چھُہ وننٛکُ یہِ زٕ رامایَن چھہ کشیرس منٛز یتھ گرس منٛز ہردلعزیز - والمیکی رِیٛشیُن وَردان رامایَنس دیُتمُت چھُہ سُہ پھُہ منٛز اہوے آنہٕ پوزٕ نیران - تِمیٚ چھہ یہِ پیشینگوئی کرٕمٕژٕ "یوٚ تام بُڈی بُڈی پہاڑ کھڑا پھِہ نہٕ یوٚ تام یتہٕ رانہ ٹھہرِت چھہ توٚت تام روزٕ رامایَنچ کتھ دُنیاہس منٛز چلان"۔

رامایَنچہِ ہردلعزیزی کِنہِ چھہ یہِ کاش رامہ یُن کلامس تہٕ ساری کاشرِ ہنٛدی زانان -

دپان چھہ زِ رامایَن بناوِیو گوڈٕ والمیکی رِیٛشی - تِمہِ برٕ وُنٛھ آس نہٕ دُنیاہس منٛز کانہہ تہِ شاعری - اگر آس تہٕ نہٕ سوٚہ آس تہٕ کانٛہہ دُنیائی شاعرٕ منٛز - سوٚہ آس دیبتن منٛز البتہ ورسنٛزی - والمیک رِیٛوش اوس اکہِ دوٚہ تمانٛدی ہندس بٹھس پیٹھ بہت - تِتی آس جاناوارن منٛز اکھ جُوری پانہٕ وَنی پریم کران - اَمی دٔرِ دِیُت اکہِ شکاری نہٕ دوٚہ یوٚ منٛزٕ اَکس ژٕوِہ زاگنت کان دآرتھ نہٕ ژھنٛنُ مآرِتھ - دوٚیمِ جاناورن کرِنہٕ بآژٕ سنٛدہِ خاطرٕ سبٹھاہ ژھرٹہٕ ژھرٹ - یٚبلہِ یہِ والمیکی رِیٛشی اُچھو وُچھ تِمس گو سبٹھاہ دوٚکھ نہٕ دوٚکھ کہٕ اَوِیشہٕ سنتو دراو تسنٛدِ موٚکھہٕ منٛزٕ اکھ شاہ بآ نہٕ کُس رنٛگس منٛز اَمی وقتہٕ پیٹھہِ لُجُن وُزنی نہٕ تِمی منٛزٕ شاعری دُنیو - جاناوارٕ سنٛد سبٹھاہ وُچھتہٕ کِنہِ یُس تلواس ہندِس دِلس سپدُسُہ لوٚہ تِمو نہٕ یوٚت تام یوٚت تام نہٕ تِمی رامایَنچ ساری کتھ شاعری منٛز وَنی - یوٚزُ وَسے نہٕ رامایَن چھُہ سورُے دوٚکھی دوٚکھ - گوڈٕ نہٕ منٛزی رامس راج نِلکِچ نیاری سپدتھ راتو راتن راج انٛھہِ نٕلہِ گرٕ شُن ہنہٕ سیتاہ تہٕ لکشمن ہنٛتھ تسنٛد وَنہٕ واس ... ترتہٕ ... کران مَرَن - وُنہٕ واس

منز تہٕ راونہٕ اتھہٕ سیتا ژ دِتھ نِنہٕ پِٹھ ہٕ مَن تُرٹِشہٕ وِنی از حد پریشانی تہٕ تکلیف سپُدُن ۔ سیٹھاہ کوشِش کرِتھ تہٕ بے شمار تکلیف بیترِ تُلِتھ دشمنن ہند خاتمہٕ کرِتھ واپس پنُن گھرہ ییتھ عرف کینژسی ونُنس نہہٕند سو کھ سان روزُن ہٕ امہٕ پتے بدنامی نِشہٕ بچنہ باپت شری رامہٕ سندہٕ اتھہٕ سیتا یہ ہُند ترٲوِتھ ژھنہٕ یُن ۔ پِژش سادِنی لُوکن بر و نٹھہٕ کِنہ سیتایہٕ ہُند پنہٕ چال چلنک شرو ژرٕ ثابت کرِتھ بلدم ہمیشہٕ خاطرہٕ زمینہٕ منز جذب سپُدُن تہٕ شری رامہٕ سُند جگرس منز دزِہ وُن نالہٕ ہنیتھ حکومتکی ساری فرض انجام دِنی ۔ یہ چھُہ سورُے دوہکی دوکھ ۔ اوَے چھِہ یہ کہاوت زِہ "بس گو رامایَن لیکھنس لایق" ۔ غرض چھُہ یہ زِہ شروع پیٹھہ آخرس تام دوکھن ہنزی بیہٕر رامایچ کتھ بیلہٕ والمیکی رِشی شاعری منز لیچھ ادہ لوتپونس دِلکُ حُباب بُش لش جاناوارہ سندی وِلاپہٕ بُوزِتھ تہٕ لشنز ژھرٕ ژھرِ ژھرِتھ وُچھِتھ پادہ اوس سپُدمُت ۔

دُنی کینس تہٕ چھہٕ اکھ سیٹھاہ سوہ ندر شاعری منز لیکھنہ آمژ والمیکی رامایچ کتاب موجود ۔ کیاہ یہ ہے چھا سوہ کتاب یوس والمیکی رِشی جاناوارہ سُند دوکھ تہٕ دود وُچھِتھ لیچھیہ کِنہ یہ چھُہ تمہٕ نِشہٕ بدل کانہہ کِتاب ۔ یہ چھُہ اکھ پیچیدہ سوال ینِہ پیٹھ اسہٕ وارہ پزِہ سوچُن ۔

شری رامہٕ سنز کتھ چھہٕ اسہٕ از کل ترٕ ین پرانِن کتابن منز میلان ۔ ہنز اکھ چھُہ والمیکی سُند رامایَن ۔ ہنز دِہ چھہٕ مہابھارتچ اکھ ادھیائے تہٕ ہنز ترٕ یُم چھُہ ادھیاتمہٕ رامایَن ۔ والمیکی رامایَنس منز چھُہ سری رام اکھ آدرش نایک (ہیرو) آمُت مانہٕ ۔ امہٕ رامایچ شاعری چھہٕ دِقدہ پایچ تہٕ رام چھُہ اتھ منز سیٹھاہ لایق، گونہٕ وان، بہادُر تہٕ دھرماتما انسان مانہٕ آمُت ۔ مہابھارتس منز یُس شری رامہٕ سنز کتھ ونہٕ آمژ چھہٕ تمچ شاعری چھینہ تیتہٕ دِقدہ پایچ ہٕ تتھ منز چھُہ رام اکھ اوتار مانہٕ آمُت ۔ یہ چھُہ باسان زِہ سوہ کتھ چھہٕ آمژ موجودہ والمیکی رامایَنہٕ کِس آدھارس پیٹھ لیکھنہٕ ۔ والمیکی رامایَنس منز چھہٕ کینہہ حصّہ تتھی تہٕ یم زن ہٕ اصلی شاعرہٕ سندہ اتھکی چھہٕ باسان ۔ یہ چھُہ

باسان زِہ تِم حصّہٕ چھہ یِنہٕ نقل لیکھن والیو منزٕ ژانٕی ہِنٕی ۔ تقریبن سورُے ستیم کانڈ
ہنہ گوڈ بکہ کانڈک زیادہ تر حِصہ چھہ یُنھٕے ۔ منزٕ مین پاترن کانڈن منز یہ چھہ کنہ کنہ
یہ ملاوٹ تہٕ رلاوٹ صاف صاف لبنہٕ یوان ۔ والمیکی رامایَن کین ینھنی حصن منز چھُہ
کینژن جاین رامہٕ سُند ورتن اوتار روپس منز کرنہٕ آمُت ۔ انِدٕ ونِدٕ یہ رامایَن پرِتھ چھہ
یہ باسان زہ امیُک بناوَن وول چھُہ کُس تام بوڈ بارٕہ شاعر اوسمُت ۔ سُہ آسہ ضرور تمہٕ
وقتس منز ظاہر سپُدمُت ییلہٕ شاعری ہنز کلاسِکہٕ ٹھاہ تھزرس ہیٹھ واتٕژ مُژ آس ۔ دُنیاہس
منز چھہ یہِ تھ کانہہ ہیو نہٕ وارٕہ وارٕہ تہٕ پاوٕہ پاوٕہ ترقی ہنِدِن تھدِین تھنگین ہیٹھ
واتٕژ مُژ ۔ یکدم چھہنہٕ کانہہ تہٕ ہیو نہٕ تھزرس ہیٹھ واتِژ مُژ ۔ لہٰذا چھہ یہ ناممکن باسان زہ
موجودٕہ والمیکی رامایَن آسہ یِس ریشیہ سُنز شاعری یینِدس کلامس منز شاعری ہندٕ ادبُک
گوڈنیُک ظہور سپد یومُت اوس ۔

دوٚیِم کتھ چھہ یہ زِ رامایِنچہ کینہہ کتھ چھہ بودھن ہندس نیٚٹکس منز تہٕ آمژ
مثلن دشرتھ ذاتکھ تہٕ ساہہ ذاتکھ چھہ تمہ منز زہ موشور کتھہ ۔ تمہ بودھ ادبچہ
کتھہ چھنہٕ پُورٕہ پاٹھی موجودٕہ والمیکی رامایَن چِن کتھن سیتی رلان ۔ تمہ تلہ چھُہ یہ باسان
زہ موجودہ والمیکی رامایِنہٕ کِہ تہٕ بودھ ذاتکن ہندٕ ظہورہ برونٹھ تہٕ آسہے کانہہ نتہٕ کانہہ
رامایَن موجود یمیُک سہارہ اکہ طرفہ والمیکی شاعرن نیو تہٕ بیٚیہ طرفہ بودھ ادبکیو لیکھن والیو ۔
تریِم کتھ چھہ یہ زہ رامایِنچ کتھ چھہ بھارتس منز یہ نہٕ جایہ داریاہن ریٚپن منز ونہٕ
تہٕ بوزنہٕ یوان ۔ داریاہ تمہٕ قصّہٕ چھہ اتھ منز ڈکھیمتی ۔ یمن ہند ذکر موجودہ والمیکی
رامایِنس منز چھنہٕ ۔ مثلن سیتا چھہ آہشرراو نہٕ سنز کور تہٕ مانہٕ ۔ مہہ راونہٕ سُند مکیشور
سُند قصّہ تہٕ چھہ داریاہن علاقن تہٕ جاین موشور ۔ ببسائے سنہٕ چھہ ڈیہِم صدی ہند یو
ادیبو چھُہ دوٚیہِ مُت زہ راوُن تہٕ اوس سیتایہ ہندس سوٚیمبرس پیٹھ آمُت ۔ تسی داس
چھہ یمہٕ کتھہ ہینہ کتابہ منز سومبراوِ مُژ ۔ اتھ کتابہ چھُہ ناو "رامہ چرت مانس"۔ امہ علاوہ
چھُہ رامایِنچ کتھہ داریاہن ریٚپن منز برما، ملایا، کمبوڈیا، ویت نام، جاوا، سماترا،
بالی، فلپاین، چین، تبت تہٕ جاپان بیترٕ ملکن منز موشور ۔ یمہٕ کتھہ چھہ پانہٕ وانٕی

سبٹھاہ اختلاف نھوان - امہ ابور اگرزن وثرارکرو نبلہ چھہ ینہ ننان زہ یونانچ
ایلیڈ تہ اوڈیسی چھہ واریاہو واقعاتو کنۍ بھارتہ کس رامایَنس تہ مہابھارتس سیتی
رلان - یمو سار پو کنھو نہ چھہ یہ ننان زہ موجودہ والمیکی رامایَن گژھہ آسُن ہتہ وقتن
منز لیکھنہ آمُت ییمن وقتن منز (ہمبر اکھ) اوناہہ واداوسنہ لوکن منز زیادہ
ہردلعزیز بنیو مُت (ہمبر زہ) ہیندین تہ یونانین اوس یاہہ وآنی کم زیادہ میل
ملاپ سپدمُت (ہمبر تریہ) شاعری ہنز ہہ تر آس عروجس پیٹھ وآتہ مژ - تم وقت
ہیکن نہ کُنہ حالتس منز والمیکی ریشی سنزہ زندہ گانی ہندی وقت آسنھ - والمیکی
ریشی سُند وقت گویا تہ شری رامہ سُند وقت - تہ کیازہ ییلہ شری رامن سیتا ترآوھ
ژھنیہ تہ سہ رٹیہ والمیکی ریشی ہنس آشرمس منز تہ - تتی زاییہ ہمس لوتہ کوش
یمو زن والمیکی ریشی سُند رامایَن کریو یاد تہ گیو یوک شری رامہ سندس اگنیس پیٹھ -

لہٰذا چھہ یہ ممکن زہ والمیکی ریشی یُس رامایَن جانا وارن ہندہ دردکہ
ڈھینہ سیتی لیچھو وسُہ آسہ ہے عام باتن ہُند رامایَن - نتہ ہیکو مثالہ کنۍ "لڈی شاہ"
طرزس سیتی مشابہت دتھ - سو شاعری آسہ ہے تمہ فہمچ شاعری ہندزن انگریز
بیلڈ (Ballad) یتھ وَنان - موجودہ رامایَن والمیکی چھُ ایپک
(Epic) - منزہ منزہ چھہ انھ لِرک (Lyric) تہ سبٹھاہ - نہ لڈی شاہ

رامایَنہ چالہ چہ کنھہ آسہ ہن اکہ طرفہ بجُھرہ والمیکی شاعرن - بییہ طرفہ بودھ ادبہ کیو
لیکھن والیو تہ سہ سے کتھہ آسہ یو رکن تہ وہ ترہ کین دیش منز وارہ وارہ یھاپیمر -
سکندرہ ہندہ حملہ پتہ پتھ آسہ والمیکی شاعرن موجودہ رامایَن بو وُمت تہ
ہمہ پتہ آسہ نقل لیکھن والیو کاہہ کاہہ حصہ بجھ منز وارہ وارہ ژوون یا ژن
ہتن ورین منز تہ و یہ مُت -

اَدھیاتمہ رامایَن چھُ اکھ لوکُٹ موکُٹ پُران - یہ آسہ آمُت ہمہ وقتہ
لیکھہ یہ یمہ وقتہ باقی پُران لیکھنہ آیہ تہ یمہ وقتہ وشنو دھرم سبٹھاہ عروجس
پیٹھ اوس اَدھیاتمہ رامایَنس منز چھُ ویدانت فلسفک اثر تہ سبٹھاہ موجود -

لہذا آسہ یہ شنکر آچاریہ سندِ ین شیٹھن ہندس وقتس منز تقریبن ژینمہ عیسائے صدی
منز لیکھنہ آمُت۔ امہ رامائنک رام چھُہ نہ صرف اکھ ہیرو۔ بلکہ چھُہ پانہ بھگوان منش
روپس منز ظاہر سپدِتھ۔ آدرش منش سُند پاٹھ لاگان نہ لوکن دھرمچ وتھ ہاوان
ہم زن تلسی داس بیترِ رامائن کارن ہند ہِنز ڈہی منز چھِہ تم چھہ ساری اُتھی ادھیاتمہ رامائنس
پتہ پتہ پکمتی۔ ادھیاتمہ رامائنس پُرانن تہ ہمن پتہ لیکھنہ آمتین رامائن منز چھُہ رامائنہ
کہن ساری پاترن آمُت مذہبی تہ روحانی رنگ دِنہ۔ تتھ رنگس مُطابق چھِہ تم ساری
دیوتاہن ہندی اوتار۔ دیشہ پرزاپت دیوتاہن تہ تسنزِ دیویہ داکھیاینہ کوٗر اکہ وقتہ
سبھاہ تیتھ نہ بھگوان نارائن گوکھ سبٹھاہ خوش۔ تمہ دوپکھ تو ہی منگوور۔ تمو
مونگہس رنہ پژہ بن سون سنتان یُتھ زن اُسی ماپس ماجہ مُند پریم تہ سینی کرِتھ ہیکو
نہ پژہ کرکھ اسہ پتی پتی گوبرہ کار۔ لہذا آپہ تم دونہ وے منش بنتھ دنیاہس منز نہ
پیدی ظاہر بطورِ دشرتھ تہ کوشلیا بھگوان نارائن نینو تہند نیچو شری رام۔

دوٗیم کتھ چھہ یہ پوان ونہ نہ بھگوان نارائنہ سندس دربارس منز آسی پژہ
ڈیرھی وانی۔ اکھ اوس زےنہ بیاکھ اوس ویزے۔ اکہ لٹہ اوس بھگوان اندرہ کنہ
آوُر تہ یم آسی ڈیڑ بیٹھ رآچھی۔ تمہ ونہ آو ناردجی بھگوانس نش درشن کرنہ باپتھ۔
یوٗ دِنہ نہ ہس نہ اندر اژنک اجازت۔ تمہ دِتہ تک شاپھ زِہ تو ہی پیو دُنیاہس منز زیہ
لٹہ راکھیس بنتھ زمس۔ تموکوٗر پتہ ناردجیس سبٹھاہ زارہ پارہ نہ پہ ژہ ہس تتھ
موکہ لپنچ ونتھ۔ تمہ دوپنکھ زہ راکھس زمس منز ہیکو نہ تو ہی سزرہ بارٹھی بھگوانہ
ہنزٕ بھکتی کرتھ۔ لہذا کرِو تو ہی بھگوانس ستی تہ دُشمنی۔ انسانس چھُہ طاقتور
دُشمنہ سُند مَنس منز ہمیشہ خیال روزان۔ تہ یہ نہ روزِہ تتہ پنس زوردار دُشمنہ
سُند یعنی بھگوان نارائنہ سُند ہرو فت خیال۔ پتہ مرِو تو ہی تتہ بھگوانہ سُندی اتھہ نہ
مرنہ ونہ آسہ تو ہیہ مارن وول بھگوان اُچھن برونہہ کنہ۔ تمہ سینی بنہ تو ہیہ سبٹھاہ
جان گتھ۔ لہذا آپہ تم زہ دیوتا گوڈ ہینت ہرنیاکھ نہ ہرنیہ کشپ بنتھ۔ تمہ ماری
بھگوان نارائنن وراہ اوتار نہ نرسہم اوتار دارِتھ۔ دوٗیمہ لِس راکھس زمس منز

بنیِہ نِمے راوُن نہ کوٚمبہ کرُن یِم زَن شری رام بنِتھ بھگوان ماری ۔ تہٕ یِہ مِس نِمِس منز بنیِہ تِمے شِشُہ پال نہ دنِتہ وکر ۔ یِم زَن بھگوان کرشنہٕ اوتارس منز ماری ۔

نرِیم کتھ چھِ یہ زِ نہ مشہور زِ ہ برہماجی سُند نیچوٗ اوس پُلست رٚیوٗش ۔ تسند نیچو گیو وِشروا ۔ تمیٚ کوٚر بردواج رِیشی سُنز کوٗرِ ہ سیٚتی نیتھر تہٕ تس زاو ویشروٗن ۔ ویشروٗن گرِ سیٹھا تپسیا نہ برہما جین بنوو سہ دیوتاہن ہُند خزانچی تہٕ شمالہ چہ دِشایِہ ہُند سوامی کیٖبر تس دِتنُ سوار یانہِ پوٗشپک ویمان ۔ دیان تمہٕ وقتہ اوس دیوتاہو اسرن سیٹھا کاپہ ناٚن کوٚرِ مُت نہ ہٕتھ آس لنکا نزدیک ہ مُہزہ تہٕ آسی تل پاتالس منز کھٕنتھ رُود مہتی ۔ لنکا آس تمہ وقتہ بالکل خالی ۔ وِشروا رِیشی سند حُکمہ سیٚتی آو ویشروٗن لنکایہ منز بسنہٕ ۔ دیان اکہ دوہہ کھوت سُمالی ناوک اسُر نیٚہتھ جوان کور کیکسی ہیٚتھ پاتالہ منزہ ہیوٗر ۔ تمیٚ وُچھ لنکایہ منز کیٖبر دیوتا یُس سیٹھا اوزہ نہ تیزہ سوٚست اوس ۔ تمیٚ ووٚن کورِ زِ چھُہ ناصلاح زِ ہ تہٕ کرکھ وِشروا رِیشِس سیٚتی نیتھر یتھ زن زِ ہ نہ بینِی شوٗبہ دار شُری زیٖوِنے ۔ تمِس زِ نہ آیہ یہ کتھ براہ تہٕ گیہِ رِیشِس برونٹھ کنُ نہ رُوز تیتی ادبہ سان نہ بھکتی سان وودنِہ ۔ رِیشِس نوٚر پھکرہ زِ یہ کیازِ چھ یتھہِ کُنی ۔ مہ برونٹھ کُن آمژ تہٕ کیاہ چھ پریشان ۔ لِس آو نزِس نہ تمیٚ کرِ ہ تسنز خواہش پوٗرہ ۔ مگر سیٚتی ووٚنہ لس زِ ہ زِ آیکھ مہ نش سیٹھا خراب نہ ظالِم سالس یِیتھ ۔ لہذا زِ یہ یِم شُری مہ نِشہ زیٖنِنے تِم تہٕ آسن سیٹھا خراب نہ ظالِم ۔ تمہ پیٚلہِ سیٹھا زاپہ پارہ کوٚرس تہٕ ادِہ دِتنس دَرزِہ اکھ شُرزیٖوِنے زِ ہ سیٹھا جان ۔ لہذا زاپہ مِنش زِ ہ دور راکھس راوُن، کوٚمبہ کرُن، خردیونہ دوٗشنہ اکھ زابس راکِسنی یُس شُرپہ نکھ وونکھ ناو ۔ صرف اکھ شُر زاو تس جان جیٖان ئن ہُند ۔ تس کوٚر کھ ناو ویبھیشن ۔

پیٚلہِ یِم شُری جوان سپنی یو نہ کوٚر سیٹھاہ تپہ ۔ برہماجی گوکھ خوش تہٕ دتہِ نکھ وَر ۔ تمو دوٚر سیٚتی بنیِہ یِم سیٹھاہ طاقتور تہٕ ہیٚتہ نکھ سارِنی لوکن تکلیف واتہ ناوُن ۔ کیٖبر زلہِ لوٚدکھ لنکایہ منزہ تہٕ پوشپک ویمان زلس ہیٚتھ یِمن راکھسن ہُند

ظلم بیلہٕ سیٹھاہ بڑیو تہٕ زمین آیہ ٹنگہ - زمینہٕ ہنز دیوی گیہ برہما جیس نش فریاد کرنہٕ نِہ تہٕ گو بییس سیٹھاہ راوٕ تہٕ ہیو پاپو سٟتی - برہما جین ووٚن بھگوان نارانس تہٕ تمۍ کوٚر منظور اوتار دارُن انسان بنُن تہٕ ادہ راوُن مارُن - لہٰذا آوٕ شری رام بنتھ - نارانس ہر وقت سٟتی آسن وول شیشہ ناگ بنیو لکھمن - نارانہ سٟندی زٕ ہتھیار یعنی شنکھ تہٕ چکر بنیہ بھرتھ تہٕ شترگھن - باقی دیوتاہ آیہ اوتار دارِتھ تہٕ بنیہ ینزی تہٕ واندر - تِم وٕتھی دکھن دیشس منز تہٕ سٟد تِمن واندرین سٟتی تمہ میل جول ییتھ زن تِمن دیوتاہن ہندین طاقتن ہندی امش زایہ واندر بچہٕ بنتھ - ینید رازہ سُند امش بنیو والی - سریہ سُند امش زاو سُگریو - وایو دیوتاہ سُند امش زاو ہنومان - تیتھے کٔنۍ زایہ ساری دیوتاہن ہندی امش ییم زن تہندی اوتار مانہٕ آیہ - یمو دیوتاہن ہندیو شریو کوٚر بھگوان نارانس راوُن بینترہ مارنس منز مدت -

بھگوان نارانس چھہ زٕ زنانہٕ - اکھ چھس مہا لکھمی تہٕ دویم چھس زمین - سیتا چھہ کُنہ آمژ مہا لکھمی ہند اوتار مانہٕ تہٕ کنہ چھہ آمژ پرتھوی یعنی زمینہٕ ہُند اوتار مانہٕ - رامائن منز چھُہ دوٚنہ مُت زِ ونڈک وسن منز ووٚن اکہ دوٚہہ شری رامن سیتایہ زٕ روز کینژس وقتس نارس منز گٹھتھ تہٕ پننہ چھایہ تھوٚن پننی ژھایے بنتھ زن راوُن ژورہ نیہ - تمہ کوٚر تِی تہٕ پتہ بیلہٕ راوُن گومارہ تہٕ سہ سیتایہ ہنز ژھایے آیہ نارس ژھٕننہ - ظاہری طور چالہ چلنک امتحان کرنہٕ بابتھ تہٕ دراصل نارس نشہ اصلی سیتا واپس ہیٚنہ بابتھ -

رامہ اوتارس منز کوٚر بھگوان نارانن دشہ برزانس دنہ مُت وادہ تہٕ پورہ تہٕ بنز آژ ہند بار تہٕ دولُن - دُنیاہ کِہن لوکن ہاوِن انسانی زندہ گی ہندی پزی اصول پننہ عملہ سٟتی - ذَرے تہٕ وبزے موکہ لاوِن راچھس زمہ نشہ - دُنیاہ کِہن گوکن واتہٕ نووُن سیٹھاہ آرام تہٕ آسایش تہٕ یوٚنس گو ساری دیوتاہ امش تہٕ پننہ شہرکی ساری شہری ہیتھ بنیہ ویکونٹھہ لوکس واپس - صرف ہنوُن پننہ پننی

نہ ٹاٹھ بھکنھ۔ دوہیدیش نھوٗون خدمتن منز پھل دُنیائی سوکھ بھوگنہ باپتھ تہ ہنوٗمان نھوٗون ییمہ دُنیاہس منز ناراینہ بھکتی دتھ ہاوُنہ تہ رچھنہ باپتھ۔ یہ کتھ چھہ ہیندی مذہبس منز مانہ آمژ زِ ییمہ کلہ یوگس منز تہ ییس انسانہ سنز وکالت ہنوٗمان جی شری رامہ سِندِس خوداٗئی دربارس منز کرِ تس میلہِ ضرور وَیکونٹھ لوکس منز کانہہ اہم جاے۔

اگر زن رامایِنہ چہ کتھہ بیٹھہ تواریخ چہ نظرہ کنہ وچار کرو، تہ یہ چھہ بایان زِ شری رام ہیترہ چھہ سرپہ وِشکیہ کھبترے آسمتی یم زن گوڈہ گوڈہ بھارتس منز ییتھ لبیہ۔ برانہ زمانہ چہ آریہ زاتژ ہندآسی نہ بڈی فرقہ۔ کینہہ آسی دیو نہ کینہہ آسی اسُر۔ یم آسی پانہ واٗنی ہمیشہ دُشمن کران تہ اکھ اکس سیتی لڑایہ کران۔ اکھ اکس سیٹھاہ خوف زدہ کرنہ کنہ آیہ یتہ وارہ وارہ اکھ اکس نِشہ یم جن مانہ۔ دیو آسی زیادہ تر بھارتس منز تہ اسُری ایرانس منز لبان۔ امے چھہ سنسکرت زبانی منز اسُر وتان دیوس نہ فارسی زبانی منز دیو ونان جِیتس ایرانی لوکن ہند سیٹھاہ بوڈ جن گواِندر۔ تِمندہ کھوتہ بوڈ جن گو ورتھر گن۔ رگ ویدس منز گواندری وِترا سعہ رس مارنہ کنہ وِرترہ ہن۔ ادھیاتمہ رامایِنس منز تہ موجودہ والمیکی رامایِنہ کنہن پتہ تژ آنہ مہتین حصن منز یہ زن وِنہ تہ آمت چھُہ زِ نہ دیو تاہن ہندہ سمبندہ کنہ زایہ دیوتاہن ہندی امِش ییزرن نہ واندرِ ین نِشہ ییزری تہ واندر ننیتھ نہ ہایرن نِشہ ہایت بنیتھ۔ راوُن ہیترہ راکھسن متعلق زنہ یہ ونہ چھُہ آمت زہ اُسرن ہنزہ اکس کورہ سیتی کوٗر رِشی اکی خاندرتہ تس نِشہ وزہ پدہ ییہ راکھس۔ تواریخ دان کڈن امہ ساری منزہ یہ مطلب زِ کینہہ آریہ لوک آسن بھارتہ کہ شمالی حصہ بیٹھہ صرف مردی باٗتی بھارتہ کس دکھنی حصس کُن گامتی تہ تتہ آسن تمو ملک فتح کرِتھ نوٗرہ چن زنانن سیتی نینھر کری متی تہ تمہ سیتی آسہ اکھ نوٗ ی قوم پادہ سپُدمت۔ یم نیم آریہ لوکھ آسہ ہن نہ اصلی آریہ لوکن ہی خوبصورت نہ امہ کنہ آسہ ہن واندر نہ ہایت ناو پومت۔ جٹاین وغیرہ

گرد تہ آسہٕ ہن یتھی ہیم آریہ - راکھِس تہ آسہٕ ہن ہیم آریہ - مگر تِم آسہٕ ہن دیوامشو بدل
اُمِر امشو کنہٕ یادہ سپدی مِتہٕ - یعنی اسرن تہ دکھِنہ کِن اصلی باشندن ہٕنزٕ میل
جولہٕ کنہٕ آسہٕ ہن راکھِس ناوِکہ لُوکھ یادہ سپدی مِتہٕ - راوُن ییلہٕ ناو نہ تمِس آسہٕ ہے
گردن زیادہ زیٹھ یا زیادہ موٗٹ - تِمہٕ کنہٕ آسہٕ ہے تمِس ایتھ آمِرو نہ دشہ گریو
یعنی دہ گردنہٕ وول - وُنہٕ کہن تہ اگر گانسہ کلہ وُبوٗٹھ ہین آسہٕ تس چھ رٹِتھ ناو
پہوان دُکلہ - ونہٕ کہٕنس تہٕ چھ واریاہن انسانن رٹتھ آسان کاو، گگر، دونٹ،
داند، خر، برأری وغارہ - یِتہ گیٔ راکھسن ہٕندی ہینگ - پرٲنس زمانس منز آس
اکھ لُوکہ ذاتھ بھارتہ ییتھ عرافس تام روزان - تِم لُوکھ آسی ییٔنس بھگوانس کلس پیٹھ
ہینگ دار ٹوپی لُھوان - ونہ کہٕنس تہ چھ کیرل بیتر ہ دیشن منز پرانین مندرن منز
موٗرژن ہٕندین کلن پیٹھ ہینگ دار ٹوپی لُھوان - میہ چھ اکہ لٹہ اکس میگزینس منز
کیلٹ (Celts) لُوکن ہٕندین دیوتاہن ہٕنز شکل وُچھ مژ یتھ شکلہ منز دیوتا
آسی سیٹھاہ خوبصورت مگر کلن پیٹھ آسک ہینگ تہ یِم سیٹھاہ خوشنما باسان آسی -
تواریخ دان چھ ونان زِ تم لُوکھ آسی شیو تہ تہندِ ساری کھوتہ بوڈ دیوتا اوس بھگوان
پشوپتی - زیون آسی تِم مانان یُتھ نہ بھگوانس آس مانان یُتھ ہُند رچھن وول -
روحانی پوہول یا گوپُتھ ہٕندِ نشانہ ہینگ آسی توے تمِس کلس پیٹھ لُھوان -
راونس تہ چھ دیپان زِ سُہ اوس شیوٕ سُند ووہ پاسک تہ در اصل آسہٕ ہن
ساری راکھِس پاشہ پت شیو - تِمن آسہٕ ہے نہ ویدِک دیوتاہن ہٕنز پرستش پسند تہ
توے آسہٕ ہن تِم ویدک دھرمہٕ چن یگنیہ وغارہ کامہ سیٹھاہ انان - تہ کِتھہ کنہٕ
ہیکہٕ وانرن تہ انسانن باگردن ہاپتن ہیزن تہ انسانن یانہٕ وأنی دوستی بنتھ
یُنزِ تہ ہاپت کتھہ کنہٕ ہیکن انسانن سیتی کتھہ کرتھ تہ شیچھ نتھ بانتھ - دراصل
آسہٕ ہن یِم ساری ہینزی وانرہ ہاپت گرد تہ راکھِس انسانی - مگر والمیکی رشی
سُندس مولہٕ راماینس منز آسہٕ ہے تہندُ ناو آمُت ونہ - ہینزی، وانرہ، ہاپت
وغارہ - تِمہ پتہ آسن ہِنہ بڈی وری گزریمتہٕ تہ ییتہ کالہ بینہ پیس بوڈ شاعر والمیکی

دۄنھ نٕژ آسن ناوٕ کٕنہ یِم مٲژ منٛز پٔرٕ پٲٹھی پٔنٛزی واندر تہٕ ہابٕت وغیرٕ نیٚ وجہ کٕنہ آسہٕ تہنٛزین لچھن نہ جٔنتٔرِن ہٕند ذکر آمُت کرنہٕ ۔ یتھےٚ کٕنہ آسہٕ ہٕے مولہ رامائنس منٛز رآؤس آمُت وِننہٕ وَشہ کریو ۔ نٕژ ناوٕ کٕنہ آسہٕ مہاکوی والمیکین سُہ موٚنہٕ مُت پٔرٕ پٲٹھی ڈٕہو گردینو سوٚست ۔ ڈٕہو گردینو کٕنہ آسن یتن یہمتی دِہ کلہ تہٕ دٕہ یٔزہ ۔ تاریخ دان ہیکن رامائنہ منٛزہ یتھےٚ مُطلب کڈٕتھ ۔

والمیکی ریشی سُند تہٕ شری رامہ سُند وقت ہیکن تواریخ دان سُہ دقت مٲنِتھ ییمہ وقتہ ییندراز اوس آرین ہٕند سارِوی کھوتہٕ بوٚڑ دیوتاہ ۔ مگر رامائینس تہٕ مہابارتس منٛز چھُہ ہندہ کھوتہٕ تھوٚد درجہ آمُت دِنہٕ وِشنو بھگوانس ۔ رامائنک ییندراز چھُ نہ رِگ ویدک شوٗر دیر ییندراز یُس نہ کانہہ تہٕ دُشمن پوشتِھ ہیکہ ۔ سُہ چھُہ بجور اکھ کمزور دیوتاہ یُس زن راونہ سُند نیچُو تہٕ شِکست چھُہ دِوان ۔ اِمہ کٕنہ تہٕ چھُہ موجودہ والمیکی رامائن والمیک ریشِس ینہٕ ہتہٕ بدٕلو یاسہٕ بدٕلو وَریو پتہٕ شاعر والمیکہ سُندہ اتھہ لیکھنہٕ آمُت تہٕ ادھیاتمہ رامائن چھُہ تمہ پتہٕ نہ ہتہٕ بدلو وٕریو پتہ بنیو مُت ۔

پرکاش رامن یُس رامائن چھُہ بنو مُت سُہ چھُہ تمہٕ تُلسی داس سٕندی پٲٹھی ادھیاتمہ رامائنس مطابق بنو مُت ۔ اَمی چھُہ شری رام بھگوان نارائنہ سُند اوتار مونمُت تہٕ سوُرے رامہ تَربتھ چھُن اکہ قسمک ڈراما ہُو مونمُت ۔ والمیکی رامائنس ہیکو وِنتھ محض شاعری ۔ مگر پرکاش رامُن رامائن چھُہ ادھیاتمہ رامائنکی پٲٹھی دھارمک شاعری ۔ شاعر والمیک سُند خاص مقصد چھُہ اوسمُت دُنیاہ کین لوکن اکھ تَرھ سوندر تہٕ دِلکش شاعری پیش کرٕنی ۔ یوٚسہ زن تن دُنیاہ چو فکرو تہٕ تفریقو نِشہ آزاد کٔرِتھ اکس تھدہ درجہ کہ آنندہ کِس سمندرس منٛز بوڈٕ ناوِ ہے تہٕ عیتی ستی ییچھ ناوِ ہے نیکی ہنٛزو وتھ ۔ مگر ادھیاتمہ رامائنہٕ کِس بناوَن وٲلی سٕندی پٲٹھی چھُہ تُلسی داسس پرکاش رامس تہٕ بیٚین بیٚین رامائین لیکھن والین اتھ کامہ منٛز خاص مطلب یہ اوسمُت زِ شری رامہ سٕنٛز بکھتی ہٕنٛد گوٗڑھ لوکن منٛز پرزار سپدن ۔ اَدے وُن یِہنٛزہ شاعری اسہ دھارمِک

شاعری ۔ پرکاش رامن چھ ادھیاتمہ رامائنہ وراۓ بیٚین بیٚین پرانن ہنٛزٕ تہٕ کینٛہہ کتھہ جمع کٔرتھ رامائنس منٛز ووٚنہٕ مٔژ ۔ مثلن راوٕنہٕ سُند سیتایہ ہُند مول آسُن تہٕ مندودری ہٕند تسنٛز ماج آسُن ۔ مہہ راونہٕ سُند سورُے احوال تہٕ ہنومانس نشہٕ پنٕنیٚوی سُند پادٕ سپدُن وغارٕہ وغارٕہ ۔ رامائنس سیتی ییُس زن لَوکُش ژٔربت تہٕ لُبُوکھ مُت چھُ سُہ تِہ چھُ یُتھُے ۔ تہٕ کیازِ وٲلمیکی رامائنس تہٕ ادھیاتمہ رامائنس منٛز چھُنہٕ تمیک کانہہ تہٕ ذِکر ۔ سیتایہ ہنٛزٕ ژٲم ہنٛز دلیل تہٕ چھیہ یتہٕ ہی۔ پٔرتھ پٔرتھ کینٛہہ چھہ تمنٕہ پیٹھہ جاوا تام واریاہن جاین مشہور۔ دراصل چھہ پرکاش رامن ہمہٕ ہمہٕ سارے کتھہ سومبرٲوِتھ مٔژ ہمہ زن ٲمتِس تمہٕ وقتہٕ کُنہٕ تہٕ اتھہ آیہٕ تہٕ تمہٕ سارے چھُن مختصر پاٹھی رامائنس منٛز ووٚنہٕ مٔژ ۔ کُنہٕ کُنہٕ چھُن پانہٕ تہٕ کلپنا کٔرمٕژ ۔ مثلن جٹایُس شری رامہٕ سُند پنُن مرتھن پیٹھہ داہ دیُن

## لَوکُش ژٔربت

وٲلمیکی رامائنس چھہ صرف ستھ کانڈ ۔ شیٛمِس کانڈس منٛز چھُہ شری رامہٕ سٕندِ راجِتِلک، سیتایہ ہٕندِ ژرٲوِتھ ژھینہٕ نکُ، کُشہٕ سٕندِ تہٕ لوٚہ سٕندِ زینٛکُ، شری رامہٕ سٕندِ اشومیدٕ یگنیکُ، کُشہٕ لوٚہ سٕنٛزٕ زیٚوہ رامائن بوزِنہٕ ناوٕنکُ، سیتایہ ہٕندِ زمینس منٛز جذب گژھنکُ تہٕ شری رامہٕ سٕندِ سوٗرگس کھسنہٕ نکُ ذِکر آمُت کرنہٕ ۔ ادھیاتمہ رامائنس منٛز تہٕ چھہ یتھے پاٹھی صرف ستھ کانڈ ۔ مگر ہم رامائن تہٕ امہٕ تہٕ سدا امہٕ صدی منٛز بھارتہٕ چین موجود زبانن منٛز لیکھنہٕ آیہٕ تمن منٛز چھُہ لوکُش کانڈ آمُت اٹھیُم کانڈ وننہٕ تہٕ تتہٕ کانڈس منٛز چھُہ اشومیدٕ گُری سٕندِ باپتہٕ لوکُشس سٲرنی اجودیایہ ہندین ویرن تہٕ ہنومان ببیرہ واندرن سٕتی جنگ سپدان ییتھہ منٛز لو تہٕ کُش چھہ تمن سارنی مارتھ ژھنان تہٕ پتہٕ چھک وٲلمیک ریوِش امرتھ برساوِتھ بیٚیہ زندٕ کران ۔ امہ یوٗدُک ذکر آسہ ہے کُنہٕ نہٕ کُنہٕ رسس منٛز پرانن و فتن منٛزٕ پرانن منٛز ضرور آمُت ۔ تہٕ آسہ ہے لُکہٕ کتھن منٛز موشوٗر ۔ تِہ کیازِ عیسوِی سنہٕ چھہ

اِعٕ اِٹھمہ صدی منٛز چھہِ بھوٗہ بھوٗتی اکھ ڈراما نگار وُتھمُت یمۍ اُتر رامہٕ چرِت ناٹکس
منٛز اَمہِ یوٗہ دُکٕ دِکر چھُہ کوٗرمُت ۔ پرکاش رامَن تہٕ آسہٕ ہے یہ دِکرِ یا نہٕ کُنہ پوٗرمُت
نہتہٕ آسہٕ ہٲن پرٲنِن لیٛش بوٗزمُت ۔ مگر چونکہ ادھیاتمہ راماینس منٛز چھُہ نہٕ اَمہِ
یوٗہ دُکٕ ناو نہِ کُنہ تہٕ نہٕ چھُہ تتھ منٛز کانٛہہ اِعٕ اِٹھیُم کانڈ بیٛتھ لَوکوش کانڈٕ وَنہٕ یِیہٕ ہے ۔
پرکاش رامن نہِ چھُہ نہٕ جایِز زوٗنمُت یہ اِعٕ اِٹھیُم کانڈ راماینس منٛز تھوٗن ۔ توے چھُہ
تمۍ لوکوش یوٗہ دپِح کتھہٕ الگ کتابہٕ منٛز دِ نہِ مِشر تہٕ کتابہِ چھُن ناو تھوٗومُت "لوکوش
زُرییت" ۔ شری رامہٕ سِندہ آدرش حکومتُک دِکر کرِتھ چھُن لوکوش زُرییت شروع
کوٗرمُت ۔ یہ چھُن تتھہِ پاٹھۍ شروع کوٗرمُت یتھہ پاٹھۍ زَن یہ راماینُک اکھ حِصہٕ چھُہ
باسان ۔ راماینکِ پاٹھۍ چھُن نہٕ اتھ الگ تمہید بیتری کیٛنہہ تہٕ لیوٗکھمُت ۔
والمیکی راماینس منٛز چھُہ آمُت وَنہٕ زِ کوش تہٕ لَو آسۍ سیٖتایہ دِکہٕ ویرہ زامتۍ
رٕنی چھُہ آمُت وَنہٕ ادھیاتمہ راماینس منٛز تہٕ ۔ بھوٗہ بھوٗتی دِ غارہ ادیب تہٕ چھِ تی مانان ۔
بوسارِ ہی ادیبو چھُہ کوش مونہٕ مُت زیٛٹھ تہٕ لَومُن کوٗتس ۔ دوٚیُم چھُہ تمۍ وَنہٕ مُت
زِ صرف لَوی یوت زایو سیٖتایہ تہٕ والمیکی رٕشی کریو وٲکس دَرِ یہ تِچھُہ دَرِ دِت
کوش پاٹھۍ ۔ سیٖتایہ ہنٛزہ زاَم ہنٛز رزالتھ یوٗسہٕ پرکاش رامَن دارہ پاٹھۍ دِنی مُشر چھِ
سو چھِنہٕ والمیکی راماینس منٛز تہٕ نہٕ چھُہ ادھیاتمہ راماینس منٛز ۔ یہ کتھہٕ آسہٕ پرکاش رامَن
باکُنہ کتابہٕ منٛز پرٕمِشر نہتہٕ آسہٕ ہن پرٲنِن لیٛشہ بوٗزمِشر ۔ والمیکی راماینس منٛزیس
لَو کوشس تہٕ راماینُن پرٕنُک ، تہٕ شری رامہٕ سِندس اشمید یگنس بیٛتھ تِمہٕ کیو نک
قِصہٕ چھُہ وَنہٕ آمُت پرکاش رامَن چھُہ نہٕ تمیک کیٛنہہ نہٕ ذِکر لوکوش زُرییت منٛز کوٗرمُت ۔
تمۍ چھُہ یِہی لیوٗکھمُت زِ کوششن آوا اشمیدُک گُر سیٛنٹھاہ پسند تہٕ کرِن تِمہٕ تہٕ ہٲوِتھ
گرِہ نِمن ۔ تتھۍ بیٛتھ گوس شری رامہٕ سِندس فوجس ساعتی جنگ ۔ تمی دِتھ آو لَو تہٕ تہٕ
سپُد جنگس شامِل ۔ جنگس منٛز تہٕ ہنی نموٗ دوہ یوٗ بارِ نمو ساری دلہٕ ویر ہنوٗمان بیترہ
ہینٛتھ تہٕ ۔ بیٛیہ شری رام تہٕ تہندی بٲے مارِتھ ۔ تہٕ پیٛلہٕ سیٖتایہ وُچھ اچھو مِنہٕ ہیوٗت
آسہٕ کنہ خون ہارُن ۔ بناہ لگِتھ تِل وَن تہٕ کوشن تہٕ سیٛنٹھاہ ہٕے ۔ یِمی وِزہ آو لوت

والمیک ریوٗش تہٕ تمی کوٚر الیشرس سیٹھاہ زارہ پارہ یُس زن منظوٗر گو تہٕ آسمانہٕ پیٹھہٕ پیوٚ امر نبکُ رُود - تمہ سٕتی گیہٕ ساری موٗدمتی بیٚنیہ زنٕدہ - یمی وزہ یِنہٕ لوٚنہٕ کوٚش شری رامن گرہ -

پتہٕ بیٚلہٕ سیتاہٕ زارہ پارہ کٔرتھ اجودیا یِنہ نیکھ - تتہٕ دوپُس شری رامن بیٚنیہ رٕنہ زٕہ کر بینہ منکُ شرٛوژر وُنہ گٔبنس ثابت - سِتایہ ہیوٚک نہٕ یہِ زٔالتھ تہٕ وٚن بھگوانس کُنُ رٕنہ ہی بھگوانہٕ ! اگر یٔہ تنہٕ کٔنز تہٕ مٕنہ کنٕز پوٗرہ پأٹھی شرٛوژر چھس ہمیشہ رُوزمٕژ تیلہٕ دِپن مہٕ نُبرات پانس اندر پانےٚ جایہ - تنٛدٕ اوس یُوتےٚ ونُن رِنہ نُبرات پھٹ - تتھہ گو بارہ چاک تہٕ سیتایہ ژھٕنی تتھی منز دوٚٹھ - تیٚتھے زن سِینا زمینس اندر ژایہ تہٕ زمینہٕ گو بیٚنیہ واٹھ - تۆہ پتہٕ ہیوٚک نہٕ شری رام تہٕ زیادہ وقتس تیٚتھ دُنیاہس منز رُوزِتھ - اجودیایہ ہٕنٛدی لوٗکھ سٕتی ہیٚتھ کھوٚت وُیٚماٮ۪س پیٹھہ وےٚ کو تٮ۪تھ کُو کس -

پٔرکاش رامنہٕ زبان چھہ سیٹھاہ آسان تہٕ آزاد طریقہٕ - اَمی شرٛ وأنی چھہ سوٗنہٕ کالہ کہٕ وٕنٛہہ ژٕھرِ کہٕ بہاوکہ پأٹھی روأنی پکان - اَمی چھہ اصل تہٕ میٹھہ کأشُر زبان ورتاومُت - نہ چھہ مٔنٛز فارسی زبأنی ہُنٛد نہ نہ سنسکرت زبأنی ہُنٛد بوٚر پیٚٹھ لوٚدمُت - اَمی سُنٛز کأشُر زبان چھہ مرازٕ دِشیچ بوٗل - کُنہ کُنہ چھہ یَس شہرچہٕ بوٗلہِ ہٕنٛدی شبدہٕ اَنی مٕتی - مگر سوٚہ بوٗل چھہ کم زیادہ زأوِج بوٗل - بلکُل وٕیٚتھہ مرأزی بوٗل چھہ نہ - احوال چھُنُ نہ زیادہ زیٚٹھ رووُمُت - مگر کُنہ کُنہ جایہ چھُن زیادہ یہِن ژھوٚٹہ رووُمُت - مثلن کھر دیُوسُند جنگ چھُن دوٚن سطرن منز ختم کوٚرمُت - پرکاش رام اوس لیکھنی تہٕ اَمی چھہ وٕنی منز سیٹھاہ لیکھنی - تویے بانہ چھہ اَمی راماینس منز بیٚنہِ وُنتہٕ ادھیاتم راماینکی پأٹھی لیلا یہ وہ نہٕ مٕژرہ - وارِیاہ لیلا یہ چھن سیٹھاہ زبیٹھہ راوِ مٕژرہ -

پٔرکاش رامنہٕ شأعری ہیٚکوٚ نہٕ بہارنہٕ کٔہن بڈٚن شأعرن ہٕنٛزہ شأعری سٕتی مقابلہ کٔرِتھ - کُنہ کُنہ جایہ چھُہ اَمِس شأعری ہُنٛد وزن ژھٹان - مثلن گوڈنچہ لیلا یہ

منٛز نمبر ۱ - پیٹھٕ نمبر ۹ تہٕ نمبر ۵۲۹ وغارہٕ - پرٛکاش رامن چھہٕ انگریزی بیلڈ Ballad
کِس طریقس پیٹھ راماینچ کتھ وٕنۍ مژ تہٕ منٛزٕ منٛزٕ چھہٕ تس انگریزی لیرِک (Lyric
کِس طریقس پیٹھ لیلایہ تہٕ وَنہٕ مژٕ - واریاہن جاین چھُن اکی کتھ بییہ تہٕ ہییہِ
وُنی مژ - اھلیا پہ ہُند قصہٕ چھُن دوٕن جاین وۅنہٕ مُت - وِشوامیترٕنس قصس
منٛز تہٕ تہٕ وٕنہٕ دٲپہٕ کِس احوالس منٛز تہٕ - تارا آ سا اصلی وٲلی شنٛز زنانہٕ کِنہٕ شُگریوٕ
شنٛز بہ کتھ چھُن مشکوک تھوٕ مژ - سوٕ رسا آس دراصل ناگن ہنٛز مٲج - مگر اَمی چھُہ
تسُند ذِکرٕ مُذکرٕس منٛزی کوٕرمُت - کُنِہ کُنہِ جایہ چھُن اَشلیل شبد تہٕ استعمالس منٛز اَنہٕ متۍ-
مثلن اشوک ونس منٛز سیتا مانہٕ سندِس جنگس منٛز چھُہ وَنان " اَمِن سأری زٕٹنہٕ تھاوِن
زٕ کجہ نل "" - رِشوٕ لگن کماِ منٛز چھُن ذِکر کوٕرمُت تھِنہٕ بولاکہ ہُند - اَمہٕ نِلہ چھُہ باسان زِ
اَمی آسہٕ ہے نہٕ زیادٕ تعلیم حٲصِل کٔرمژ - خاص کٔرتھ آسہٕ ہن نہٕ سنسکرت زبانہٕ سنسکرت
ادب پوٚرمُت - اَمہٕ سندِ راماینہٕ چہٕ زبانی نِلہ چھُہ باسان زِ اَمی آسہٕ ہے ضرور فارسی
زبانۍ منٛز کیٚنہٕ نہٕ کیٚنہٕ تعلیم حٲصل کٔرمژ - جوتش شاسترٕچہٕ مثالہٕ چھُن ییتیہِ وَنتہٕ دِتہٕ
مژٕ - تمہٕ نِلہ آسہٕ ہے اَمی فارسی زبانۍ منٛز ضرور جوتِش پوٚرمُت تہٕ پھلیت جوتِش
آسہٕ ہے جان پأٹھۍ زانان - اگرچہ پرٛکاش رامن چھِنہٕ زیادٕ تھدِ پایچ شأعری لیچھمژ
تمیُک وجہ چھُہ اکھ بہ زِ اَمِس آسہٕ ہے نہٕ تھزٕ تعلیم میچمژ تہٕ دوٛیُم وجہ چھُہ بہ زِ اَمِس
آس شری رامہٕ شٕرٕ بکھتی وِینی گوٕ ڈینیکُ مُدا تہٕ دوٛیُم مُدا اوسُس شأعری ہُند-
لہٰذا گٔرِتھ نہٕ یہٕ زانُن یا مانُن زِ پرٛکاش رامس منٛز اوس نہٕ تھزٕ شأعری لیکھنُک مادٕ
سُہ مادٕ اوس بس منٛز ضرور تہٕ ضرور - کیٛنژن جاین چھُہ اَمی سُندِ یہٕ شأعری ہُند مادٕ ڈھیک
پأٹھۍ ظاہر سپدمُت - مثلن " ہٲری ہرٕ کو نہٕ چھُک درشن میہٕ دوان " اَتھ لیلایہ منٛز
چھہٕ سیٹھاہ تھزٕ شأعری تصوف چہٕ ہنج منٛز وِنہٕ آمژ - بیٚنھے کُنۍ چھہٕ راوِنس تہٕ سیتایہ
ہِندِس سمٲدس منٛز - تہٕ سیتایہ ہِندِس تلاشس منٛز تہٕ بیِیہ جہہ راونہٕ سندِس قصس منٛز
تہٕ اَمی فصیح شأعری آمژ وِنہٕ - یہٕ شأعری چھہٕ ثابت کران زِ پرٛکاش رامس اوس
الیشرٕن شأعری ہُند مادٕ ضرور بخشمُت - وَن گٔرِتھ وِزٕ سیتایہ تہٕ شری رامہٕ سُند

سمواد - پتہ سِبنایہ ہٕنٛدِ زٕورِ ننٛک قصّہ چھہ سیٹھاہ خوبصورت تہٕ دِلکش شاعری منٛز آمُت وَنَنہٕ - یِتھٕی سوٚندر شاعری چھہ تِتھِس تِتھِس ہنومان جی چھُ اشوکہٕ وَنَس منٛز سیتایہ ہُنٛد درشُن کران - مہہ راونہٕ سنٛدِس قصس منٛز یِیلہِ ہنومان چھُہ یِنس نیٖچوِس وُچھان سُہ قصّہ تہٕ چھُہ شاعری ہٕنٛدِ نقطۂ نظرِ کنہِ سیٹھا سوٚندر - راوݨس مارِتھ پتہٕ ذکر سیتایہ متعلق شری رامہٕ سنٛدٕن وِچارن ہٕنٛز بیان چھہ سُہ تہٕ چھہ تھزِ شاعری ہُنٛد اکھ جان نموٗنہٕ - یتھٕے نموٗنہٕ چھہ سیتایہ ہٕنٛزِ اگنہٕ پریکھیا یہ ہُنٛد ذکر - یمو تصدیقو تلہٕ چھُہ یہ صاف ظاہر سپدان زِ پرکاش رامس منٛز اوس تھزِ شاعری لیکھنک جان مادہ -

لوٚکہ وِش زرِ ہتس منٛز تہٕ چھہ واریاہن جاین سیٹھاہ تھدِ درجہ چہ دلکش شاعری ہٕنٛدی نموٗنہ میلان - مثلن لوٚس تہٕ کُش سَس وُچھِت یُس اثر شری رام ہیٚرِ زوٚنہٕ وٚنی باین ہٕنٛدِس دِلس پیٚٹھ چھُہ وارِہ وارِہ پیوان تمیُک ذکر چھُہ پرکاش رامن سیٹھاہ سوٚندر طریقس منٛز کوٚرمُت - خاص کٔرِتھ چھُہ لوٚکہ وِش تہٕ لگھمن جوٗن جنگ سیٹھٕہی دلچسپ - تَمہٕ پتہٕ یِیلہِ سیتا چھہ وُچھان زِ شری رام ہیٚرِ گیہٕ امرِتہٕ زوٗدہ سَنی ہِنٛیہِ رِنٛدِہ تہٕ تمُنس چھُہ غم سوٚرُے زلان تہٕ یُس لولہٕ نازِ تمس تمہٕ وِزہ دِزان اوس سُہ چھُہ یکدم ناراضگی منٛز تبدیل سپدان - تسُنٛد تھٔنہٕ ہیو وگلومُت دل چھُہ یکدم فولاد ہیُو سخت بنان تہٕ سُہ چھہ رِشی بارِہ منٛز بردیٚتھ بہان تہٕ رامہٕ جوٗس چھیٚنہٕ بتھہ ہینُو ہاوان - سُہ چھُہ دروازس پیٚٹھہ نیٚبرِ کنہٕ تہٕ سُہ چھہ اندرِ کنہٕ - دوٚنہٕ وَے چھہ تمہٕ وقتہٕ یا نہٕ وآنی سیٹھاہ سمواد تہٕ گفتگو کران - سُہ سمواد تہٕ چھُہ خوبصورت تہٕ جان شاعری ہُنٛد اکھ دِلکش نموٗنہٕ - سیتایہ یُس بوٚڈ بارہ فخر اوس ہینِس شرٕ ذٕہس پیٹھہ تمیُک درشن چھُہ اَسہ سیٹھاہ تھزِ شاعری ہٕنٛدِس رٔ ییس منٛز تمہٕ وِزہ سپدان یمہٕ وِزِ سُہ زمینس منٛز غائب گژھنک ارادہ چھہ کران - تتھہ موقس پیٚٹھ چھُہ تسُنٛد بجر شری رامہٕ سنٛدہ بجرِ کھوٚتہٕ سیٹھاہ تھوٚد ہوٚومُت پرکاش رامَن -

علی محمدن یُس ایڈیشن یٖیمہٕ لوٚکہ وِش زِدٕنک چھپوومُت چھُہ تتھہ منٛز چھہ

اکھ لیلا " یادن وَنِدہٕ بوٗ نُوتے جان "، شروٗعس مٕنٛزی یوٗسہٕ زَن پَتہٕ کتابہٕ
لیکھن والیو لکھار بوٗ اَتھہ مٕنٛز ژھُمُتھ چھہٕ باسان ۔ نہٕ کیازِ ہ یہٕ لیلا چھہٕ نہٕ ترٛاَس وِنیشہٕ
ناتھہٕ سِنٛز اَیڈِشنس مٕنٛز کیٛنہہ نہٕ ۔ نہٕ چھہٕ گرِیرسن صاحبہٕ سٕنٛز اَیڈِیشنس مٕنٛز ۔ اتھہٕ
لیکھِمتین رامایَن مٕنٛز نہٕ چھہٕ نہٕ یہٕ کیٛنہہ نہٕ ۔ بیٛیہ چھہٕ اُتھہ لیلایہٕ مٕنٛز وارِیاہ تِتھی شارہٕ
بَمن ہُند وَزن صحیح چھُنہٕ ۔ تکُ نہٕ چھہٕ وارِیاہَن شارن مٕنٛز غلط ۔ علی محمدہٕ سٕنٛز
اَیڈِیشنس مٕنٛز چھہٕ اَکھ لیلا یوٗسہٕ زَن دوٗن جاین چھہٕ دِژ مٕنٛز ۔ لنکایہٕ ہِنٛدِ جنگہٕ کِس
خاتمس پیٹھہ نہٕ تہٕ لوکوش ژرِ بنہٕ کِس خاتمس پیٹھہ نہٕ ۔ سوٗ لیلا چھہٕ " دو بٔنیہٕ وٕلہٕ
سون رامہٕ ژنٛدرو " بوزوے نہٕ یہٕ لیلا اگرٕ اکسی جایہٕ آسِہٕ ۔ لوکوش ژرِتبہٕ سِیٖتی
چھہٕ دراصل رامایَن پوٗرہٕ سپدان ۔ امہٕ وَرٲے چھہٕ اَڈہٕ لیوک روزان ۔ اتھہٕ معاملس
پیٹھہ ونو بیٛیہ نہٕ بروٗنہہ کُن یوٗ ہ کتھہٕ مٕنٛز یتھہ مٕنٛز نندہٕ لال رازدانہٕ سٔنٛز کتابہٕ ہُنٛدِ نہٕ
ذکر بیٛیہ مُفصل پأٹھی کرِ نہٕ ۔ اتھہٕ لیوکھمُت اکھ رامایَن سپد بوٗاسہٕ کولہٕ گامی تحصیلس مٕنٛز
لوگامہٕ کِس اومکارناتھ کولہٕ سِندہٕ مدتہٕ کیٛنہہ دستیاب ۔ سُہ رامایَن چھہٕ کانژسی وِشمبر
ناتھہ بٹن ۲۰۰۰ بکرمی سمس مٕنٛز کری گامہٕ کِہ اکہ ترٛانہٕ نقلہٕ پیٹھہ نقل کورمُت ۔ وکنس
چھُہ سُہ وِشمبر ناتھہ کول داچن گامس مٕنٛز روزان ۔ رامایَنکین وارہٕ یاہَن مشکوک
بأتن کوٗرسہٕ اَتھہ اتھہٕ لیکھِمتس رامایَنس سِیٖتی نہٕ مُقابلہٕ تہٕ کُنہٕ کُنہٕ جایہٕ دیُت
اَمی رامایَن کم زیادہ مدد صحیح لفظن ہُنٛد فیصلہٕ کرنس مٕنٛز ۔ اتھہٕ رامایَنس تہٕ
چھپیمتین رامایَن چھہٕ پانہٕ وٲنی سیٹھا اختلاف ۔ رامایَنُک کرِیٹکل اَیڈِیشن تیار کرنس مٕنٛز ہیکہٕ
یہٕ رامایَن سیٹھا مفید سپدِتھ ۔ پرکاش رامن ٹین فلسفہٕ رامایَنس تہٕ لوکوش ژرِتبس مٕنٛز ونُومُت چھُہ سہٕ چھُہ نہٕ
شنکر آچاریہٕ سُند وِدانت نہٕ چھُہ سُہ کشیرِ ہُنٛد فلسفہٕ شَو ۔ فلسفہٕ شَوِ چھُہ وحدتُک اصول پوٗرہٕ پأٹھی
مانان ۔ پرکاش رامن چھُہ یِمنٕ رامایَن دراصل اَدبایَتہٕ رامایَنس مطابق بنوومُت ۔
اَدبایَتہٕ رامایَنُک فلسفہٕ چھُہ وِشنو فلسفہٕ ییمیُک چلاوَن دول رامانُج آچاریہٕ اوسمُت چھُہ ۔
تتھہٕ مٕنٛز چھہٕ راما نُج کتھہٕ نہٕ ونہٕ میشرٕ تہٕ منٛزٕ منٛزٕ چھس لیلایہٕ تہٕ ونہٕ مٕنٛزٕ یمن مٕنٛز زَن فلسفکی
اصول نہٕ چھہٕ ونہٕ آمتی ۔ پرکاش رامن نہٕ چھہٕ تتھے پأٹھی منٛزٕ منٛزٕ لیلایہٕ ونہٕ مٕنٛزٕ ۔

وِشِنو فلسفہ چھُ نہ وِیدانتُک ہِیُو وَحدتُک اصول اہم مانان۔ نہ چھِہ سانکھیہٕ وغارہ
شاسترَن ہِندہِیُو دُیٔی ہُند اصول مانان۔ بلکہِ چھُ یہ مانان زِ دوٕیی چھےٚ ضرور یُز تہ
تتھ دُیی منز چھےٚ وحدت تہ یُزی۔ یتھہٕ کنۍ زن اکِس داگس منز چھےٚ واریاہ پھَلی تہ
پرٛتھ کانہہ پھوٗل چھُ پننۍ الگ الگ ہستی تھوان۔ تتھے کنۍ چھِ بےشُمار زیو تہ زگتھ
پرمیشورس منز موجود تہ پرٛتھ کانہہ زیو تہ پرٛتھ کانہہ زگتھ چھُ پننۍ پننۍ الگ الگ
ہستی ضرور تھوان۔ ساری چھِہ اکھ اکِس نِشہٕ مختلف۔ مگر عینی چھےٚ یہ کتھ تہ یُز زِ
اکِس داگہٕ کِس رعبس منز چھےٚ ساری پھَلی وغارہ بالکل کنۍ تہ اکہ داگچ وحدت چھےٚ
اکھ یُز ہستی۔ تتھے کنۍ چھِ ساری زیو تہ ساری زگتھ اکِس نارائن سِندِس وِشال
تہ لاحد رعبس منز بالکل نارائن رُپیھ تہ اکِس نارائنہٕ سِنز وحدت نہ چھُ ضرور اکھ
یُز۔ پرٛکاش رامن چھُ نہ رامائنس منز زیادہٕ فلسفہ وَونمُت۔ صرف چھن مہاراونہ
سندس قِصس منز کم زیادہ فلسفی شاعری وُنہِ منز تہ تمہِ شاعری تلہٕ چھِہ وِشنو
فلسفہ کی اصول ظاہر سپدان۔ راونس عینی جنگ کرہٕ نہ وِزہ یوسہ لیلا چھےٚ واندرگران
تتھ لیلایہِ منز چھےٚ فلسفہ شوک تہ کینہہ اصول ظاہر سپدان یمہِ تلہٕ یہ نتان چھُ زِ امہِ لیلایہِ
ہِندِس لیکھن والِس آسہِ ہے ضرور کانسہِ شیوسنتس عینی تہ ساگم سُید مُت۔ تمہِ
لیلایہِ ہُند شروع چھُ "نیشکلہٕ نشکامے۔ بجن کرا مہ رامے" تتھ متعلق چھُ
اَسہِ پننین بزرگن نِشہِ بوزمُت زِ یہ لیلا چھےٚ دراصل کُنۍ تانی واسہ کاکن بناوِمٕژ
یُس زن بڈہ گامی تحصیلس منز ناگمہ اوس روزان۔ پرٛکاش رامن چھِ یہ لیلا پننِس
رامائنس منز تھاوِمٕژ۔ چنانچہ تمۍ چھِہ امہِ لیلایہِ ہِندِس اندس پیٹھہ صاف وَونمُت۔
— "دبھکھنو وُنۍ واسہ دیون — وِشنہ یاد مہِ سپون — امرگرتھ نارائن — سوہ
پرٛکاشہ رامہ رامہ" لہٰذا چھُ سانین بزرگن ہُند وَنُن تہ پوز تہ پرٛکاش رامس
پیٹھہ تہِ چھُ نہ اِدٕ یہ چھ ژُودِ ہُند الزام کھسان۔ تمس آسہ یہ لیلا پسند آمٕژ تہ توٚے
آسن واسہ کاکُن ناو دِتھ رامائنس منز شامل کرِمٕژ۔ یہ چھِہ ماوان
پرٛکاش رامنۍ قدر دانی۔

پرکاش رامس چھہ جنگلہ کِین خود رو پوشن سِنٛز سیٹھاہ دِلچسپی آسمٕژ۔ نوٚے چھُن جایہِ جایہِ یمن ہُند ذِکر کوٚرمُت تہٕ مثالہِ دِژٕ مژٕ۔ کیشرِ ہُند تہٕ چھُہ یتھ کاٛفی پریم اوسمُت۔ نوٚے چھُہ یِمہٕ دشرتھٕ سُندِ بن ؤلاین منز ہرٕ موکھہِ گنگابہِ ہنزٕ یا نزابہِ ہُندو بستارٕ پاٹھی ذِکر کوٚرمُت۔ سیتا یہ ہُند زمینس منز غاٛیب گژھنک قصہٕ تہٕ چھُن مِلہ نوٚو مُت شنکر پورِکس شنکرشن ناگس سیتی۔ پرکاش رام اوسمُت چھُہ کرُہ گامُک روزن وول۔ کرُہ گوم چھُہ قاضی گوٚنڈِ پیٹھہٕ زٕ ڈاے میل جنوب کُن یالس نل اکھ لوکُٹ گام ؤنتھہٕ ؤتھرٕ کِس بٲنٹھس پیٹھ۔ کرُہ گامہٕ چھہ زنڈِ کا دیوی تہٕ گنیش سنز جاے۔ گامس ہیوٚر کُن چھُہ اکھ ناگ یتھ ناگہ رڈٕ چھہٕ وَنان۔ تتہٕ تہٕ چھہ اکس دیوی ہنز جاے۔ یمہٕ ہیوٚر چھُہ واسک ناگُک علاقہٕ یتھ زن کوٚنڈ چھہ وَنان۔ کوٚنڈ کِین پہاڑن منز چھُہ اکھ ترٕ کوٗٹ پربت یتھ ترٕ یہ ٹھنگی چھہ۔ تمہٕ یوٚرٕ کِنہ چھُہ اکھ نار یتھ سوٚندرٕ ہونار وَنان چھہ۔ دپان چھہِ انتھ ترٕ کوٗٹ پربتس پیٹھ چھُہ ترٕ پورٕ سوٚندرٕ ہُند اصلی مکانہ۔ یتھ کُن بتھ کرِتھ چھہ دیوٕ سرٕ کھنہ برنہِ ہنز جایہِ ردیوی ہنز پوٗزا کرنہٕ یوان۔ برنی گیہٕ ڈنڈی۔ تہٕ دیوٕ سرٕ آسہٕ بھگوتی ہنزِ دربارٕچہ ڈیڑِ ہنز جاے تہٕ بھگوتی ہُند دربارِ خاص آسہٕ ترٕ گوٗٹ پربتس پیٹھ۔

دیوٕ سرس اندی پکھی چھہ لوکھ دیوی ترٕ پورٕ سوٚندرٕ ہنزی سیٹھاہ پکھتی تہٕ یہ چھُہ سیٹھاہ مُمکِن زِ پرکاش رامن تہٕ آسہٕ ہٲسنٛد اکھ خاص پکھتی۔ تہٕ کیازِ ہٲسنٛدی پیٹرِ ہندِ بٲسنٛد احوال چھہِ وَنان تِمہٕ کِنہٕ چھہ یتھ ناگہ رڈٕ ناگچ دیوی آسہٕ مژ گوٚر۔ تِم چھہِ دپان زِ پرکاش رام اوس گامس منز بیٹھ وٲری۔ اکہِ دوہہ اوس سیٹھاہ رود پیوان تہٕ سہٕ اوس گامہٕ کِس پٹھِمس گوٗشس پیٹھ تہٕ تمی ڈیٹھ اکھ زٲنیا نہٕ یوان۔ یتھ گوٗشکِ زِ یہ آسہٕ کانٛسہِ کِین خانہ ہنز کاہنہ نوش۔ زٲنیانہٕ والیو گوٚرِس آلو تہٕ زٲنیانہٕ واجِبہ ٹُل تمیک پردٕ۔ تتہٕ ؤچھی تمی ساکھیات بھگوتی زٲنیانس منز۔ یہ درشُن ؤچھنٕ گوٚشہ سیٹھاہ آنندس منز محو۔ دیوی دِژٕ پتھ زِ بگاہ صُبحس گژھہٕ توٚرِ یِن۔ ؤنِتھ گیہٕ زٲنیانہٕ سان دیوی غاٛیب۔ پرکاش رام

گوٚ آنندس منٛز گٔن تہٕ آنندہ چہ مٔستی منٛزی ژاوگرٕہ ۔ راتھ کیتھ کھٕلبٕس وٕکھری تہٕ ڈٔن دٕیوی ہینٛز لیلا یمیٚک گوٚڈٕہ ئیک پدٕ چھُہ " بزاری گوٚش تھوٚمتہٕ ہی بوٚ آئی "

یہ لیلاچھ کأشرٕن بٹن منٛزٕ وٕ نٕہ تہٕ سٮ۪ٹھاہ مشہوٗر تہٕ ہر دل عزیز ۔ واریاہ چھہ وُنہ یہ لیلا پرٕہ سان گیوان ۔ پرکاش رام کھوٚت صبحن سُلی ناگہ رڈٕہ ناگ تہٕ تتہٕ وُچھن نوٚڈ بارہ وٕ تسٕو نیٚتھ منٛز سٮ۪ٹھاہ پٔژھی وُچھن آمتی ۔ یُنگر تتہٕ ووٚنوس منٛز سٮ۪ٹھاہ کام ۔ بتہٕ سٮ۪نٕ باگہ رٕوٗن سٮ۪ٹھاہ ۔ ووٚتسٕو موٚہ کٔلنٕ دیوٗتہس اکھ مانٛجھ لوٚڑ بسُ نٮ۪ژ گرٕہ اوٚن تہٕ سارنی باگہ رٕوٗن ۔ امہٕ وٕقتہٕ اوس پرکاش رام اُٹھوٗ وُہ وٕہر امی دفہٕ بیٹھ ہیوٚتن شأعری کرٕنی تہٕ اکہ اکہ لیچھن نوٚمہ کتابہ

(۱) رامہٕ اوتارٕہ ژٔریت } یمہٕ ژٕہ کتابہ چھہ راما ینہٕ چہٕ سأرسی دلبلہٕ بیٹھ
(۲) لوکوٚش ژٔریت } لیکھنہ آمٕژٕہ ۔
(۳) کرشنہٕ اوتار ۔
(۴) اکہ نندُن ۔
(۵) شِوٕہ لگن ۔

یمہ کتابو علاوہ لیچھن کیٚنہ لیلایہ یمو منٛزٕ گوٚڈنیچہ لیلایہ ہُنٛد ذکر آو بیٚٹھہ کرنہٕ ۔ پوٗرٕہ رامایٕنکی آسی نہٕ یٕنہٕ اتھہٕ ژٕہ نقل لیکھنی ۔ پرکاش رامہٕ سٕندس بأیہ سٕنٛزٕہ کوٗرِہ ہٕنٛز کوٗر آس اکن گامہٕ بأگنہ آمٕژٕ ۔ تمہٕ ووٚی اکن گامہٕ کھو نیوٗ اکھ نقل نقل تُلنہ بابت بسُ ژن یہنتوٚ پتہٕ زاہنہٕ واپس دیٚت ۔ وُنی کیٚنس چھُہ سُہ نقل اکن گامہٕ بوٚ نہٕ پوٗرِہ کٔس نندہ لعل رازدان اتھہ ۔ یُہ گٔیہ کرو بٕ وٕنہ پٔن نوٚہ کتھہ منٛز ۔ دوٚیم نقل نہٕ باقی سارٕیے کتابہ آسہ کرٕی گامہٕ پرکاش رامہٕ ہٕن سنتان اتھہ ۔ تتہٕ لوٚکھ اکہ لٹہٕ گاسس نارٕہ تٔہی نارس منٛز دزٕہ تمہ سارٕیے کتابہ ۔ یمن کتابن ہندی نقل آسہن واریاہو تُلی یٕنہٕ مگر وُنہ کیٚنس نام آو نہٕ کانہہ نہٕ نقل کُنہ تہٕ اتھہ ۔ پنڈت زاردن چھُہ دنان ژٕہ اکہ نندُن تہٕ شِوٕہ لگن چھہ سریٚنگرٕ کی اکس بٹن تہٕ کرشنہٕ اوتار تہٕ آسہ اکن گامہٕ کیٚن نش شاید موجوٗد ۔ ممکن چھُہ زیادہ تلاش کرنہٕ سیٚتی میلہٕ کُنہ کُنہ کانہہ کانہہ ۔

تلاش کران کران ییمکھ میہ اَکِس گامہ منٛزٕل وٕنہ اکھ ستہ زن بیس زن پنڈت پرساد کاک وانٛتُل چھہ ونان۔ یمِس چھہ پرکاش رامنہ سارِیے کتابہ کُنہ حدس تام یاد۔ تمہ علاوہ تہِ چھِس وارِیاہ کاٹِتھرہ لیلایہ تھ بنس۔ سُہ چھُہ ونان زِ رامایِن نہ اکِہ نٔدُن چھُہ بلا شک پرکاش رامنٕے۔ مگر کرشنہ اوتارس نہ شوٕ لگنس متعلق چھُہ تس شک زِ یِم چھا پرکاش رامَن لیکھِمتی کِنہ بیٛیہ کانٛسہ۔ پرسعاد کاکن دیُت رامایِن ایڈٹ کرنس منٛز سیٹھاہ مدد وارِیاہن مشکوک جاین ہیُوک میہ تہِ اصلی شبدن ہُند فاصلہ تِسنٛدِہ یاد داشتہ کِہ مدنہ سِتۍ کرِتھ۔

پرکاش رامہ سِنٛز مالِس اوس ناو مبر زِہ پنڈت۔ پرکاش رامُن بنیُچ گیوٗ سہزِہ رام بَنٛدی کنٛیہ شرٛی زناردن بیترہ وُنہ زندہ چھہ۔ پنڈت زناردن چھُہ وُنہ کِینس شیٛٹھہ وُہر۔ پنڈت زناردن چھُہ ونان زِ یُس نقل اکِس گامہ کیوٗ بیوٗ تتھ اوس ۱۸۰۴ سنہ بکرمی لیکھِت بِنہٕ تلہٕ گیہٕ اتھ رامایِنس بیٛمِتس تقریبن زِہ ہتھ وَری۔ یتیمہ وقتہ پرکاش رامَن رامایِن لیوٗکھ تمہِ وقتہ اوس سُہ اَٹھو وُہہِ وُہر۔ شرٛی زناردن چھُہ ونان زِ پنہ رود سُہ نژہن وٕری یِن زِندہٕ تہ تژہِ مِہ وٕری یہِ گُنٛتی اکھ نٔنی کرامتھ۔ دزہٕ دٕ زِ مکانہ منٛزہ کوڈُن روٗ پیٛہِ تھوُڈ نبر۔ تتھ بیٹھ گِیس دیوی سیٹھاہ ناراض تہ دوٗپنس وہٕنی مہ روز دُنیاہس منٛز تہ تمہ پنہٕ گوشہ سعہ رگہٕ واس۔ گریرن چھُہ ونان زِ پرکاش لالس اوس دوٕ اکر پرکاش بٹ ناو تہٕ یہِ اوس سرینگرس منٛز روزان۔ تمہ وقتہ بیلہ سوکھ جیو اوس راج کران۔ مگر یہٕ چھُہ نہ امہ کتھہ مُند کانٛہہ ثبوت دِتمُت۔ یُہ چھُہ شابدنی لُوکھ مُت یہِ زن یہٕ شہرس منٛز پوٗزمُت آسہٕ ہے۔ مگر پرکاش رامنہ تژِ بیمہ بیترہ ہنٛدی سنتان چھِہ وُنہ موجود کُری گامس منٛز تہ بیٛیہ چھُہ پرکاش رامَن رامایِنس منٛز سِتیا یہ ہنٛدِس زمینہ منٛز غایب گژھنہٕ کِس قصس منٛز اشارہ یی کورمُت زِ سُہ اوس کُری گامس منٛز روزان۔ نتہ چھُہ تتہ وُنہ مُت "کُرہ ہا اکھ اوس توٗت نام ازکُری گام"۔ تہ "میہ دوٗپس ہی سنتی سیتا نبر نبر + چھُہ پراران رامہ جو کوٗرمَس سیٹھاہ تژیہ"۔ بیترِ امہ کنٛی چھُہ سُہ یقینن کُری گامُک اوسمُت۔ سوکھ جیوُن وقت چھُہ یوان ۱۷۵۴ء سنہ پیٹھہ ۱۷۶۲ء سنہ

مانِنہٕ - مگر وۄنی چھُ سوال یہ ووہنان زِ اگر یہ ۱۸۰۰ بکرمی سنس منز ماتون نہٕ تیٚلہِ
کِتھہ کنِ گژھن زِ ڈاے ہتھ وُری ترٛٲٹھی پیٚیرِن منز ختم - چونکہ پنڈت زناردن
چھُ وُنہِ کیٚہس شبٕہ وُہُر - سُہ آسہِ ۱۹۰۴ عیسوی سنس منز زامُت - اگر زن تسند
مول شری سہزہ رام ماتون نمہِ وقتہٕ زیادٕہ کھوتہٕ زیادہ ژتجی وٕہُر نہٕ تیٚلہِ آسہِ سُہ زامُت
۱۸۶۴ عیسوی سنس منز - اگر تمہِ وقتہٕ تسند مول پرکاش رام نہٕ ماتون ژتجی وُہُر نہٕ
تیٚلہِ آسہِ سُہ زامُت ۱۸۲۴ عیسوی سنس منز نہٕ رامایِن آسِہن لیٚوکھمت ۱۸۵۴ہس
قریب - سُہ گوو سوکھہٕ جُونِہ وقتہٕ پتہٕ تقریبن اکہٕ ہتہٕ وہری - سنہٕ ۱۸۰۴ بکرمی گو
سنہٕ ۱۷۴۷ عیسوی - اگر پنڈت زناردنُن یہ ونُن پوٚز چھُ زِ پرکاش رامہٕ نہٕ اتھ کس
رامایِنس چھُ سنہٕ ۱۸۰۴ بکرمی دِتھ - تیٚلہِ چھہ امِس کیٚنہہ غلطی تیٚمہِ کنِ سُہ چھُ بایِس پرکاش رامُن
پنُٹر ونان - تمہِ حسابہٕ گژھہ سُہ پرکاش رامہٕ سندِ پیٹھہٕ کم از کم شیٚیمہِ سنتمہِ پیٚیرِ ہُندُن -
سنہٕ ۱۸۰۴ بکرمی چھُ گریرسن صاحبہٕ نہٕ رٲیہِ عینی واتھ کھوال - تہِ کیازہ پرکاش رام چھُ رامایِن
لیکھنہٕ بینہٕ تہِ تقریبن ترہن ۳۰ وُرین زندہ اوسمُت تہٕ تسند وقت چھُ تمہِ تلہ کم از کم
سنہٕ ۱۷۷۰ عیسوی تام واتان - تتھ منز ہیٚکہِ سوکھہ جُون وقت سنہٕ ۱۷۵۴ پیٹھہ سنہٕ ۱۷۶۲ تیتھ -
شری گوپی ناتھ لعل سنٛزہ کشمیر تھرو ایجز (Kashmir through ages.) کتابہ منز
چھُ سوکھہٕ جُون وقت یہے آمُت ہاونہٕ - مگر ترٛین پیٚیرِن منز زِ ڈاے ہتھ وری یہ
گژھن چھُ اتھ کتھہ منز شک پادہ کران - لہٰذا آسہِ پنڈت زناردنس سنہٕ بادتھوپس منز
ضرور غلطی - رامایِنہٕ کہ تصنیفک سنہ آسہِ درٲصل ۱۹۰۴ بکرمی - اتھ پیٹھہ ترا وٕ بیٚیہِ
روشنی برونہہ کُن نوہ کتھہ منز -

پرکاش رامن اوس رامایِن فارسی اچھرن منز لیٚوکھمُت - گوڈ ڈریچہ لٹہ چھپاوِیو وٕ یہ
سنہٕ ۱۹۱۰ ہس منز ودیشہٕ نا ٹھنی پرین فارسی اچھرن منز - تمہِ پتہٕ چھپوو انگریزی اچھرن منز
گریرسن صاحبن سنہٕ ۱۹۳۰ عیسوی ہس منز - یمن دوون ایڈیشنن چھُ واریاہ اختلاف - فارسی
اچھرن ہندِس رامایِنس چھہ کُل ۲۵۴۰ شلوک - مگر گریرسن صاحبنس منز چھہ صرف ۱۱۳۷
بیٚیٹھے حال چھُ لوکہٕ شُد تبٕک نہٕ - یہ چھُ ممکن زِ ہیوا تھہٕ لیچھمش و کتابو پیٹھہٕ گریرسن صاحبن

رامایَن نُل تِمہ آسہ ہٕن لُوکو مختصر پاٹھۍ نقل کٔرمٕژ تہ توٚے آسہ ہٕے تِمن منٛز شلوکَن ہُند تیداد کم۔ یہِ ژھُ نہ ممکن زِ وِیشہ ناتھ پرِسین یتھ کتابہ مطابق رامایَن چھپوو تتھ منٛز آسہ ہٕے نقل لیکھن والیو سیٹھاہ مِلاوٹ کٔرمٕژ۔ منزل وُنہ کس پنڈت پرساد راٚمس چھہ رامایَن چھِ وارِیاہ تِمہ لیٖلایہٕ تہ یاد یمہٕ زن گریٚرسن صاحبہ سندِس رامایَنس منٛز چھِنہ میلان۔ تِمو لیٖلایو منٛزٕ چھہ کینٛژھ ترٛتھ تہ یمن منٛز وزن تہ شاعری ہٕنز نزاکت ترٛتھ چھِ نہ یَژھ پرکاش رامہ سٕنٛز رامایَنس ہیٚنٛین جاین چھِ۔ تِمہ کٕنٛژ چھِہ باسان زِ یمہٕ لیٖلایہ آسن پتہٕ نقل کرن والیو اتھ منٛز ژارنہ مٕژ۔ مگر دوٚیم کتھ چھِ یہ زِ ادھیاتمہ رامایَنس مطابق چھُ پرکاش رامن لیٚوکھمُت تہ اِدھیاتمہ رامایَنس منٛز چھِ وارِیاہ پرٛژھن جاین تویاہ یمن مطابق پرکاش رامن تہ آسہ ہٕن ضرور لیٖلایہ لیٚچھمٕژ۔ لہٰذا چھِ یہ تہ ممکن زِ یِیو دوٗرِ کیو لُوکو پرکاش رامہ سٕنٛز رامایَنکۍ نقل ہلہ منٛز آسہ ہٕن تِمو آسن تِمہ تِمہ سُطرٕ تہ تِمہ تِمہ لیٖلایہ ترٛاوتھ ژھٕنہٕ مٕژ یمہ نہ تِمن سعہ ندر باسیٖیہ یا یمہ تِمو فارسی اچھرن منٛز صاف پاٹھۍ پرٛتھ ہیٚچہ نہ۔ کُنہِ کُنہِ جایہ چھِہ سیٹھا جان شاعری ہٕنٛدۍ نموٗنہ تہ تتھی یِم زن فارسی ایڈیشنس منٛز چھِہ موجود مگر انگریزی ایڈیشنس منٛز چھِہ نہ کینٛہہ تہ۔ اَمہ کِنۍ چھِہ سُہ کتھ تام مختصر بنٲوِمٕتس نقلس مطابق چھپاونہ آمُت۔ حال حالی چھپوو یہ رامایَن ترٛیٖیمہ لٹہ فارسی اچھرن منٛز جبہ کدلکۍ علی محمدن۔ تِمۍ چھپوو وِیشہ ناتھنہ ایڈیشنک نقل۔ وُنۍ کینٛہہ اِڈیشن یِس زن نقابلی ایڈیشن کس صورتس منٛز کشیرِ ہٕنزِ کلچرل اکادمی چھپوو۔ چھِہ یمہِ رامایَنکۍ گوڈنیکۍ اڈیشن

وٚنیسہ اوس شری وِشنہ کول اکھ ست زن تیٚمہِ زن ۱۹۱۸ ہس منٛز اکھ نوٚو کٲشُر رامایَن لیٚچھوو۔ تتھ چھُ تِمۍ ناو تھوومُت وِشنو پرتاپ رامایَن۔ سُہ رامایَن چھُ پرکاش رامہ سٕنٛزِ رامایَنہٕ کھوتہ سیٹھاہ بوٚڈ۔ مگر وُنیکۍ تام آو نہ سُہ چھپاونہ کینٛہہ۔ وُنہ کینٛس چھِہ سُہ رامایَن سرینگرٕ شری وِشنہ کولہ سٕنٛز نیچِوِس شری امکارناتھ کول عرضی نویسَس نِشہ سرینگرٕ چھِہ کینٛہہ لُوکھ وَنان زِ ترٛیٖیُم کٲشُر رامایَن اوس شری شنکر رامایَن یُس زن سرینگرٕکِ شنکر جُوو ترسلن اوس بنوومُت۔ مگر چھِ وَنان سُہ رامایَن چھُنہ کینٛہہ تہِ موٗلوم زِ موجود چھا کانٛسہ نِش کِنہ نہ۔ تتھ رامایَنس متعلق تلاش تہ کھوج کرِتھ نیٚنو اسہ زِ سُہ رامایَن چھُ ولدوامہ تحصیلس منٛز ترٛیسل گامس منٛز پنڈت آنند رام ترسلن بنوومُت۔ وُنہِ کینٛس چھُ سُہ

رامایَن تِتھی گامُت منز نِنٛڈِت دیناناتھ تِرسُلس نِش مَوجُود ۔ لہاذا چھُ باسان زِ سِرنگرٕ کین وِن والین آسہ امہ رامایِنکِس بناوَن وٲلِس نٲوِس مُتعلق ضرور غلطی ۔ امہ رامایِنُک ناو چُھنہ شنکر رامایَن بلکہ چھُ "رامہ اوتار برٛہانہ کٔشمیری" ۔ یہ کھوج کرِن منزٕ وٕوت اِسہ بوٚ گامہ کِس اومکار ناتھ کولِس سُند سیٹھاہ مدت ۔ تۄہۍ گژھُن کٲشِر رامایَن چھُ مَوضعِ ڈَب گاندربلکی شری نیلکنٹھ شرماہس بُنوو مُت ۔ سُہ چھُ تِمَن نِش مَوجُود نہ تِتھ چھُ تِمَو ناو تھوومُت رامایَنِ شرما ۔ یِمو تِرٛیٚو رامایَنو منزٕ چھُ نہ کانہہ اکھ تہِ ازتام چھپاونہ آمُت ۔ پرکاش رامہ سُنٛد کتابو منزٕ چھِ ازتام زٕ کتابہ ترٛیٚن لٹہ یکہ وٕٹہ چھپاونہ آمٕژ ۔ تِمہ گیہ رامایَن یعنی رامہ اوتارہ ژریت تہٕ [2] لَوکُش ژریت ۔ باقی ترٛےٚ یعنی (۱) اکہ نندُن (۲) کرِشنہ اوتار تہٕ (۳) شِوہ لگن چھِ نہ ازتام ناہہ نہٕ چھپاونہ آمٕژ ۔ اکھ کرِشنہ اوتار لیلا چھُ سِرینگرٕکِ شری دیناناتھن بناوٕمٕژ سوہ چھپاوٕ اکہِ پھیرِ گرِیرسن صاحبن انگریزی اچھرن منز تہٕ دۄیمہ لٹہ چھپاوِ یہ سِرینگرس منزی کمنی ناگری اُردو اچھرن منز یتہِ زن مٔیہ لیہ کہ چارس منز چھیہ نظرِ گمٕژ ۔ شِوہ لگن تہٕ کرِشنہ اوتارس مُتعلق ہیٚکو تہٕ وُنہِ صحیح پاٹھۍ کینہہ تہٕ وَنِتھ زِ ییمہ چھاپ کاش رامن بیٚیٚ پاٹھۍ لیکھمٕژ کِنہ تِہنٛدی بیٚیٚ چھِ پتھٕ ژٕرونان ۔ اتھ پیٹھ چھُ مزید ریسرچ[3] کرٕنچ ضرورت ۔

پرکاش رامن اوس رامایَن فارسی اچھرن منز لیوکھمُت ۔ تِمکی نقل آسہ کینژَو فارسی اچھرن منزی تہٕ کینژو شارٕدا اچھرن منز تُلہٕ مٕژ ۔ تِمَہ نِی نقلن مطابق چھپاوٕ ژوو وِلیٚمہ ناتھ پرسین تہٕ گرِیرسن صاحبن ۔ یہ چھُ سارِی زانان زِ فارسی اچھرن تہٕ شارٕدا اچھرن منز چھُ نہ کاشُر زبان صاف تہٕ صحیح لیکھنہ ۔ امہ کِنی آسہ ہن نقل کرن والین تہٕ سیٹھا غلطی گامٕژ ۔ چھپاوَن والین آسہ ضرور سیٹھاہ مُشکل پیومُت زِ رامایَنُک صحیح پاٹھ کیاہ چھُ تہٕ واریاہن جاین آسن تِمَن تہٕ سیٹھاہ غلطی گامٕژ ۔ وُنہ تہٕ چھُ واریاہن جاین شک گژھان زِ اصلی تہٕ صحیح شبد کیاہ چھُ ییم زن پرکاش رامن وُنہ مِنٛزٕ آسی ۔ تِمَن جاین گۄرمیٚہ ولیٚمہ ناتھ پرٛدیشک

نہٕ گرٕ یرِ سنہٕ نہٕ چھاپُک تہٕ انٛتہٕ لیکھِتھن رامائن ہنٛد ٹھیک پأٹھۍ مُقابلہ۔ یتھٕ جایہٕ نوٗ تہٕ شکھی رُود ننتہٕ جایہٕ ہیوٚت مینہٕ منزل و نٕہ کِس شرٛی پرساد کاکس سٹھاہ مدد۔ لُسُند مار دہینٛھ تہٕ رُود کُنہٕ کُنہٕ جایہ کم زیادہ شک۔ بیُس رامائن حال حالی علی محمدن چھپوو مُت چُھ سُہ چُھ پیٚٹھِمِن دۄن چھاپٕنی رامائن مطأبِق چھپاونہٕ آمُت۔ لہٰذا چھہٕ نہٕ تتھہٕ منز کانہہ نہٕ نوٚکتہٕ۔ بلکہٕ چھِس وارِیاہن جاین ہتہٕ ہتہٕ غلطیہٕ نہٕ ہمہٕ زن نہٕ پیٚٹھِمن دۄن کیٚنہٕ چھہٕ۔ وُنی کیٚنس لیُٛ پرکاش رامُن رامائن تہٕ ہرِ بڑٕ وٕنہٕ کُن پیٚشِس چُھ پسدان اتھہٕ منز آیہٕ یُوٗن بہٕ تیوٗن غلطیہٕ دُور کرٕنہٕ ✢

# لوٗکتھ

پرکاش رام کُری گاٚمی سنٛدہ رامایَنک نہٕ لوکہٕ ژرِتیُک وُنہ کیٚنک ایڈیشن
پوٗرٕ تیار کرنہٕ نہٕ گوٚڈٕ کتھ پوٗرٕ لیکھتھ آوٕ میٚنہٕ موقعہٕ اکِن گوم بوٚہ نہٕ پوٗرٕ گژھنس
نہٕ پرکاش رامہٕ سنٛدین آشاوَن سیٚتی کتھ بانہٕ کرنس۔ تِتہٕ گوٚس بہٕ نٕندٕہ لعل
راز دانس نہٕ تِسنٛدِس بابس نِش۔ تِموٚ ہاوُنہٕ کیٚنہہ تنگ دلی۔ بلکہ تھاوٕکھ پرٛانین
کتابن ہنٛدی بوٚہ کھچہٕ میٚنہٕ بردونہہ کنُن۔ مگر افسوس چھُہ یمہٕ کتھہٕ ہنٛد زٕ تِمو بوٚہ کھچوٚ
مِنٛزٕ دٕراو نہٕ پرکاش رامنہِ اُتھک رامایَن کیٚنہہ تہِ۔ صِرف دٕراوِ اکھ قلمی
رامایَن یُس زَن منزٕلِ دٕنہٕ کیٚن ہنٛدِ اتھک باسیوٚ شری پرساد کاکِ وانٕلس۔ سُہ
رامایَن چھُہ سیٹھاہ جاین غلط۔ گوڈنیُک نہٕ پتِم وارِیاہ ورق چھِہ راوٕمتِ
نہٕ ژھیٚنِمتِ۔ کاکز چھُہ پرٛون کاشر یُس زَن کیٚمبو نہٕ کھیوٚمُت چھُہ۔ لہٰذا دِیُت
نہٕ تمِ اتھہٕ لیکھمتِ رامایَن اسہِ کانٛہہ مدد۔ صِرف یِنہِ اکس کتھہٕ پیٹھ روشنی زٕ
یمہٕ کِس ژھیٚنِمتِس گوڈنکِس صفس پیٹھ اوس تصنیفُک سنہ ۱۹۰۴ بکرمی لیکھت۔
لہٰذا چھُہ رامایَنکِ تصنیفُک یہوے وقت پوٚز ثابت سپدان نہٕ سنہ ۱۸۰۴ بکرمی چھُہ
غلط ثابت سپدان۔

پرکاش رامہٕ سنٛدِ اکِہ گامہٕ کیو آشناو وکور کرُی گامہٕ کِس زنار دنہٕ یِس اتھ
بیانس سیٚتی اتفاق زٕ پرکاش رام چھُہ پرٛزی پاٹھی زنار دنُن بڈی بب اوسمُت۔ لہٰذا
چھُہ یِس وُنہ ترٛیٚیہ پیٚرہ گامِژٕ۔ اَمہِ تلہٕ آسن یِتھ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ ہتھ شو د
ہتھ وَری یہِ گامژ۔ اَمہِ کتھہٕ تلہٕ نہٕ چھُہ ثابت سپدان زٕ پنڈت زنار دنُن یہِ بیان
غلط زٕ پرکاش رامہ نہٕ اتھ کِس رامایَنس اوس سنہ ۱۸۰۴ بکرمی دِتھ۔ سنہ ۱۹۰۴ بکرمی
آسہٕ یہیس دراصل دِتھ نہٕ تمہِ آسہ پنڈت زنار دنس غلطی گامژ یاد تھاوِنس مِنٛز
دوٚیم کتھ چھُہ یہ نہٕ ثابت سپدان زٕ گرئیرسنُن یہ بیان تہٕ چھُہ غلط زٕ پرکاش رام

اوس سو کھہ چُھ نہ وٕنِنہ شاعری کران تہٕ روزان اوس سرینگرس منٛز ۔ تٔمِیم کتھ
چھہ ہمہ تلہ یہ نہ ظاہر سپدان زِ گرِیرسن سُند ایڈیشن چھہ پنزی پاٹھی اکھ مختصر ایڈیشن ۔
پرکاش رامہ سٕنِ رامایٖنک یہ مُوجُودٕ ایڈیشن چُھ یوان مندرجۂ ذیل کتابن
ہٕنزٕ بنیاد پیٹھ تیار کرنہٕ :-

(۱) پنڈِت وِیشہ ناتھہ سٕنہ پرتاپ پریسک چھاپٕنی ایڈیشن (ا)

(۲) گرِیرسن سُند انگریزی اچھرن منٛز چھپومُت مُختصر ایڈیشن (ب)

(۳) اکن گامہ کِس نندہ لعل رازداںنہ سُند اتھہ لیوکھمُت جِلد (ج)

(۴) دام جینہ کِس وِشیمبر ناتھ بٹھ سُند اتھہ لیوکھمُت جلد (د)

(۵) حال حالی چھپومُت علی محمدٕ سُند ایڈیشن (ر)

(۶) اکن گامہ کِس پرساد کاک وانٕلہ سُند یادداشت (س)

اگر پرکاش رامہ سٕنہ رامایٖنکی اتھہ لیکھنہٕ بیٚیہ کیٚنہ جِلد سپدن مرازٕ ، کمرازٕ
نہ بیرازٕ (شہرٕ) منٛزٕ دستیاب تہٕ تیلہ ہیکہِ مُوجُودٕ ایڈیشن امہ رامایٖنکہِ ہلہ نووِمُت
باتے کرٕ ٹیکل ایڈیشن تیار کرنس منٛز سیٹھا مفید بنتھ ۔ مگر سوہ کام چھہ اکھ بڈٕ کام ۔
ننتھ لگہ اکِس یا دوان کم از کم اکھ وٕری یہ تیار کرنس تہٕ خرچ نہ لگِس سیٹھاہ ۔ خاطر اگر
ایبشرس منظور آسہ تہٕ کانٛہہ نوجوان ریسرچ کرن وول کرِ یہ کام ضرور پورٕ ۔ مُوجُودٕ
ایڈیشن بنیہ بنیہ جایہ لاٗ کتابہ پیٹھ رٕ کتابہِ تام کیٚنہ سٕنٛنی تہٕ رلہ نہ ننتھ ننتھ جایہ
گرِتھ ریسرچ کرن والین یہ زانُن زِ یہ چھہ پنڈت پرساد کاکہ سٕنِ یادداشتس
مطابق ایڈِٹ آمُت کرنہ ۔ کرٕ ٹیکل ایڈیشنس منٛزٕ ین یرتھ صفس تلہ کیٚنہ ین
کتھن ہندی نوٹ بٕنو نہ ۔

# اوم

# گوڈنیچ لیلا

کٔرکھ زگہ ہنز رچھا کأری — رامہٕ لکشمن اوتأری آے
گگی وہڑارس زگہٕ ہندی سأری — زگہٕ ہندہ پرتھٕم زمس آے
زگہٕ نشتے گلی راکھس سأری — رامہٕ لکشمن اوتأری آے
سوزکھ گووہندہ گووردھن دأری — پرانہٕ رہیہٕ دوہأرن بردنہٕ آکھ
تتھی منز وچھکھ مادو مرأری — رامہٕ لکشمن اوتأری آے
زنکھ رازنی ہأے ون ہاری — دشرتھ رازس گاش کیاہ آو
بشٹ دنہٕ پورن برھمن سأری — رامہٕ لکشمن اوتأری آے
کٔرتھ رازس کیکی زأری — وونہٕ نس راج برتھس تھاو
برزہ جامہٕ ولتھ کرٕتھ نیأری — رامہٕ لکشمن اوتأری آے
رہیہ سنی چھک رہیہٕ کوہ مأری — شکشرستی مکتہٕ رہیہ بھیتن ہاو
منس کن کن یہو دأری — رامہٕ لکشمن اوتأری آے
ووپہ واس کری کری یوہی ونہٕ زأری — ساری دوہ یہ دیشک تھووک ناو
ژنہٕ دہن وری بن ورتھ ہو دأری — رامہٕ لکشمن اوتأری آے
ژادو پانو نہتھ اہنکأری — اہنکارس ناش یہو ناد

---

نوٹ :- یہ لیلا چھہ گریسن سندس نو علی محمدہ سندس ایڈیشن منز گراج - دتہ ر منز چھیہ نو کینہہ تہٕ +

لہ چیمہ گیہن اچھ کون بنیرہ سوراجن ۲ شکھتی سنی ۳ فاقہ کشی ۴ بنیہ ۵ ون منز بھیرن واد -

نیشہ[1] پھل کرٕ ساری تمہٕ اہنکاری — رامہ لِکھمن اَوتاری آے
ژٕنیتھ پوٕنچ رہنہ کمایہ داری — مگن مو گرژھ اوگنٕ ئنہ راو
گورہ رٕستنین پدَ کموٗ داری — رامہ لِکھمن اَوتاری آے

## رامایَنکُ مطلب

نمو نموگنر بند رایے — اِیکہ دنتہ درایے ژٕ
نہ ایشر پُترایے — شری گنیشایے نموٗ نمہ
گوڈنیو سائین شرن رازا گنیشس — کران ییُس چھُے رکھیا یتھ منشہ لوٗکس
گوڈنی چھُے آدِ گنیت بنیہِ گوہ مار — سوہ رُن ژرے سُے دِلکُ کارسی اندہ کار[2]
دوٗیمُ گرست گوہ رس بینٕس نمسکار — دِپی سُے گوہ رینٕ یمہ بوٕ سرے تار
سداشوٕ اَن ژہ اسہ اندہ کارین گاش — سِری چھُک نوٗن تہ اوٗن کینازانہ پرکاش
وچھُن گرژھ کیاہ یہ وٗژھ آکاشہ وٗنی — دُپی ژٕج لیج ینے نوٕپاری زآنی
اَچھو وُچھ لولہ چھوستہ کبو کنو بوز — مِنتہ بیہ وُچھ ونَ کیاہ شوٗ شمتھ روز
ہیچھتھ بوٗزتھ وُچھتھ لاگُن پزیا اوٗن — پھِلس چھُے ہبوٗل ہیِلس چھُے سائینین گوٗن
ژٕ دوٗہ سوٗنتنی غنیمت چھَے جوانی — تہ لونکھ بی وَوکھ اے یار جانی
بینُ دَم چھُے غنیمت بوز ژٕ گنتہ — چھُنہ برٕوٗنکھیُم بروٗنٹھ روزن چھُے پتِم پتھ
ژٕتن چھُے دم بینُ کھارُن تہ وانُ — تمیک قیمت منک مالٕ اد گالُن
ژٕتن ژٕ ژھ رُن سوہ بوٗز سینی سہ گرُن بیِل — تھوُس برداہ دِتھ گردِ نی ژھنُس جیِل
ژتن چھُے دم بینُ سُے رتھہ کھارُن — ژٕتن بیلہ راوہ بے حاصل چھُہ ژھارُن

---

[1] بے فائدٕ [2] انز گاٹ

چھلِنہٕ کھارُن تہٕ والُن چھُے لگن رَس  سۂ بوٗد کرٛشہ[1] یوٚھے چھُے نِنگِ فارس
قدرِ ہیٚمی زآنی یابِنس نِشہِ رِمن دوٚن  سُہ یوٚ دوے آسہِ شُشنرِ سآپِنس سون
ھرِدَے گیٖہ کُٹھ ہِنُن بِسُن نَنہ اندرٛ ژاو  سُہ امر بنہ چھِنہ اھِس کیتھ لعل ہنتہ دراو
پُھنا افسوٗس موٚنت گوٚو وہ نِہ کس کنُ  نہ بوٗزتھ چھُنہ وُچھُن دوٚہ نِہ آمتس کنُ
پنجر بولآدی برھمنِہ موٚہ رٚچھُن زان  کھٹُن گرِھہ سیر شمر آوِتھ رٹُن پرٛان
گرٛہی حاصِل بہِ کینژھا یژھ ژیہ آسِی  دِیی درشُن دِلہٕ لٔنشہ وٚیاد کاسی
بِہ مَن چھُے پاں پھیوٚراہ آیِنہٕ چھُس ناو  نلُس زنگارِہ لاران رِیِہ دری باو
گرٛتھُن آسی ژ یہ بوٚت نوٚت وانہٕ ناوِی  گیُتھ پاتالِہ تلِہ آکاش ہاوِی
تھوٗس برٛ دارِہ دِتھ چھُک پانہ دیوار  وُچھک پانس اندرٛ کیاہ گُل تہٕ گلزار
ژیٚنتھ نٚوَدار[2] نھو پرٛزنُن ہیٚی دیٖپ  ژلی مَلزرِ نہٕ ڈیشکھ وٚیشہ سُند دیٖپ
ژٕ نو چھُک کینہ کینہس کینژھا لوِگے ناو  مشی اگیان سوٗرُے، کتھ ژہ بنِس تھاو
بلَن ہیٚتھ روٗدزن بُڈ وٚیاد آسی  ژلی یٚیلہ رامہِ رامہِ وٚوہ ژدہ باسی
ہمے ڈیشت مَہ سآئین شادِ وغمگین  غموشآدی وُچھکھ آبِن بہ آیِین
وُچھکھ سِمسار کیا بزم بآزی ہاون  اسوٗر[3] ورنہ منوٚشن کھوژہ ناون
اَستھ قُنی وُنی سُہ یوٚت تامت یون دِل  پتو لاکن وُچھن تتہِ کینہ نہٕ حاصل
مہ کر اپرٛاد کتھ تھاو یادستھ زان  استہٕ نِشہِ ژل مُنشہ سُند پھل چھُہ سنتان
أچھو وُچھ یوز کنوٗنس رآزِہ سِندی سکار  یٚیمِس رازس گوٚبرُ زامُت چھُہ اوتار
سپُن لاچار سُہ شاپس نِشہِ ژہٕ تھوکن  مَہ گرٛدھ یٔژ تیز کرٛ پرٛ ہیٚر پاپَن
دغابازی چھہ بَنِتھ نَنتھ کھوژ یَنِتھ روز  دوِگتھ سنتھ سنیچ ونہ ژھار کنہ بوز

---

[1] ٹھیکہ بآگھی زان [2] أچھکن بنَن [3] جیکہ نوٗ سوٗراخ [4] جئین

حلب شیشس ژلی بوزٕ نہ سینن کھے — اَسنہٕ ترأوِتھ ستس سیتن گرٛھی لے
کرُن اخراج راکھسس بوز نشے من — شرن گرٛھ ایشرس یتھ گوَ وبیشن
مہ تس کھوژُس ستس سیتن پیَن پوُر — اسنہٕ یوٚد بوٚزے آسی دوٗر ژل دوٗر
پوٚزے بیگانہ آسی رتھ وندُس رتھ — کرٕی پرٕتھ جایہ پرٕی پٲٹھن رفاقتھ
ستیج بربرٕتھ سدا شوِ چھے ستس سنیتو — ژہ ستہٕ سأپنن وچھن گرٛھین گرٛھن کنیتہ
سو پرٕتھ سیناسک سوٚتھ رامہ لکھمن — ہیمتھ ہلمت است راوُن چھُہ دوہ رزن
سُہ راوُن چھے مِنن نیتہٕ روسورُے — سُہ پانے رامہ ژٕنڈرن مندٕ چھووُے
شمتھ شمشیر وآراگیچھ کرُن تیز — ژٕ لُس کردن چھُہ دُشمن کرتِہٕ پرہیز
کھما خنجر گنڈِت لنکا یہ ژھارُن — سپر شوِ یہ واسَنا راکھِنس چھُہ مارُن
گبانکو جامہ چھی ساما نہ رتی گوٚن — انگدُ سُگریو زاموون وسیشن
پرکرٕت کی کی سو یرٕتھ زانُن سو منزا — دِرم وشرٹھ کوٚ سلیا کرمہ لیکھا
زر استنوش دِل دوہ پدیش ونوس — گژھتھ اِدہ رام لوٗبہ چِہ لأنگہ کرہٕ ڈاس
پر دیوی دار چھے گرٕدول لاگسُ — سبٹھاہ کرأچھو راکھِنس یتھنہ زاگِس
کرکھنے لأچھی زٲگتھ بیہ راوُن — ژھیٚٹی ڈھوکر کُٹھ بیہ ادِ ناوُن
چھہ کاچ کوٚل ترٕنہٕ ژکھ دتھ کرُن نند — وترٲرِچہ وتہ یکھ زہرس گرٛھی قند
وَنے کتھ بوز دے زانُن پنُن ویر — اسُر مٔلرٕ رمنگ گوہ شبد دِس تیر
انُن بیل گوہ رپنُن سے ہاوہ ژھلہ ہیر — کھسکھ آکاشی ہردیکہ گوچہ کِن پھیر
یہ کینیہ رووے نہ چھے پانس نشے ژھار — لبکھ نیلہ پیلہ ژٕٹھتہ ترٲوکھ اہنکار
منتھ منڈوودری چھے انتظارس — مہ کر مشر یہ وچھن یتکس شہارس

سُرآوُن سو یہ سنتھ آیینہ زن من    ژوٚتُر بوزہ وٚنتھ دیشتھ موکھت سآئن
گوٚ رٕو گنٛڈ مشر چھہ ونہ کتھ بوز کن دار    چھُ کیاہ روزُن چھُ بوزُن رامہ اَوتار
نہ بوزِ نہ ستھ وو ندس آنند آسی    بہ کتھ رٹھ یاد ابتر ویاد کاسی
نہ زانکھ پانہٕ دپہ گنت کیاژ بہ ماوی    گُنٛبک آسُکھ ژبہ کوٚت کوٚت واتہٕ ناوی

## پاروتی جی ہُند سموادِ شو ناتھ جیس ستنہٕ

دیان نار دریشی بوٚزُن زِہ برٛھما    سدا شو دیو تا ہیتھ اوس یکجا
پُرژھُس دیوِ یہ ہی شوٚجی پوٚزی وَن    سپنہِ کیا حال ملہ یوگہ کیٛن منوشن
تم آسن دھرمہ نِشہِ وارا ہ اَدھرمی    درم نزاون سیٛٹھا لاگن کو کرمی
گژھن شاپن اندر سآری گرفتار    بہ ڈُن پاپن اندر کیٛنہہ پاٹھی چھک تار
گژھن پاپن اندر سآری نرگتھ نند    دزان چھس کینٛہہ دُچھن تم سوکھ نہ آنند
میٛنہ چھُم تلواس تم کینٛہہ پاٹھی موکہِ لن    تمن آسہم سیٛٹھاہ گومُنت ملُنت مَن
و ننہ دیو یہ کنُ لوگ بی سداشو    موکہِ لن تم خوشی ستن زہ کن تھو
و ننہ دیویہ لوگ شو جی کنٛو بوز    موکہِ لن تم دوکھہِ نشہ ژہ سکھت بوز
سمے گژھہ یُتھ نہ کانسہ روزِ نہ ستھ یاد    اما پانس کرن تم رامہ سُند ناو
وو ندس کتھ تھاو تمسُند ناو ہیٛن کینٛہ    موکہِ لن نارہ نرگہِ نشہ تمی ستنہٕ
اَ غافل یِم منش ھبن رامہ سُند ناو    تمن سورُے منک ملہِ ژرچھلہِ آو
اَدے کاثر ھا سو یُس منہ کنی ہرتس آے    دیِس درشن نبیس ویکُنٹھ چھس جاے
اَدے کا ہنہ لولہ کنی پرہ رامہ رامہ    سُہ براوی زِندہ تنے سو رگہ جامہ

لسنٛدِ درشنہٕ سنتی پہ زلی بچھم پوٗر — نتھے ییٚتھہِ دیہ سنتی گرٛتھہ انہٕ گیٹہ دوٗر
کتھ بیس بوزِ بوٗزتھ شروٗتہِ تس من — گرٛ ہس تھچنہٕ نار نرکن تَن بنِس سوٗن
اَچھو بُس ڈیشہٕ تس حشمن بیس گاش — نتھے ییٚتھہ پاٹھی سِرِیس آسہ پرٛکاش
تھَون ہیم کن نہ بوٗزِتھ من گرٛتھ صاف — گلہ کتھ راکھیس منک سوروٗے زلبکھ پاپ
دوٗپس دیوِ پہ شو جی بوز ناوٗم — نمیکُ کارن لسُنٛد پرٛکٹ ارٛتھ دوٗم
دوٗپس نمو ییلہِ سہ راوُن گو نمودار — کرٛتھ تیتھہ توکھ زِینن یٚتھ کرٛن کار
موٗنگن مرتھ سارنی ہیٚنہ دسنہ موقوٗف — موٗڈس ننہ سہل زونُن منشہ سُند ییٚتھہ
دنہ لوٗگ شو موکس نسِندِس نمسکار — سو لنکا راوَن رہِ یٚتھ کرٛن کار
نمو گو ن راوَن بی کور بخشنہ آیہٕ — بے پوشم کس زہ نیرِم پاآنہ پانہ
دیوگتھ کتھ چھہ سنتھ ییلہِ سہل زانن — کو کامیو سنتی نٹھ بُتر آیٚتھ زاآنن
نتھنہ لیجی یوٗم بی دیوی ہیٚوتُن بے — مرن نہ یوٗ دُن شرن ناراینس گے
کرٛن یٚتھ کار پرٛتھوی آیہ لاچار — ودان وٚیشنس ننش گیہ یٚتھ ذٕن زار
دوٗپس وٚیشنن ژہ گرٛتھ چھم زنم دارن — ییٚم راوُن منشہ سندِ ورنہ مارُن
گرٛتھی لاگنِز ژیہ پانس یوگ یہ مایا — بہ وِلیشن رام لاگے چھک ژہ سیتا
کرم کرٛہ رازہ دشرتھ ہس نہ سنتان — زبے نس ننش ہمے ا: ہ راوس پران
یٚنٛے بوٗزتھ سیٚنی پرٛتھوی سبھاہ شاد — وُچھاں آس کرٛتھوم نیٚتٛرن اندر یاد
سِمنتھ ساری نرٛ کوٗلی دیوتاو یم — زنم دارن تہٕ واندر سانپنِن ہم

دوٗپس دیوِ یہ ہی شوجی دیا کر
دمُن اَوتار دیوہ نیرِم منکُ نش

سے۔ پہ کھتہ [illegible]

# بال کانڈ - شری رامہٕ سُند زنم

ژٕنہٕ لوٗگ راژٕہ دشرتھاوس رازا
مُدا ماٗرِک ملوٗگُک چارٕہ سازا

سُنوگُن شکھن بوڈ شو اوس مانن
سبٹھاہ ژٕہ کامہِ کرِ نتھ باگیہٕ وانَن

مِنس آس دراجو دیا جاے آسن
غریبن اوس ووہ نِدُک غم غوصہ کاسن

ووہ ھنن سُلِہ پرتھ پریاتن نیتھ کرِن شرٔن
رِچھن جو گین گوہ سابن سنتھ ھوَن زالن

گوٗبرٕ اوسُس نہٕ تہٕ ترٔل اوس تس من
تِلِنتھے بِنتھ سری یہ پاٹھِس ہٹِھ چُھ ناٹِن

سبٹھاہ راتس دوہس لیلا کراں اوس
شرٔن سائینُن نراین پانہٕ ٹوٹھیوس

دیان سوٗپنس اندرس دِینُن دٔرشُن
دوٗپُن تس گرٕہ میٚہ چھُم زمنس ژٕیہِ نش یُن

لگہِ ژٕ باوُن سوپُن راوُن بہ گالن
سُہ کاٗلنہ شیتکھ واین لاٗنکھ زالن

سوٗپُن ڈِلیتھ سُہ بیلہِ ھوُد ووتھ خوٗشی سان
وُشستُس نشہِ گوٗ ٹوٗ ٹھیوم ناران

دوٗپُن تس کُن گوٗرُھم آسُن میٚہ سنتان
دوٗپس نمہِ کرٕ ژٕہ جگ دیو یوٗژٕہ ناران

اِنِ نمُہ رِشی سبٹھاہ جگ کرٕنہِ لاٗگی
کُھتِس تمہِ اگنہٕ منترٕہ کھیرس ژٕہ باگی

کوٗرکھ جگ بیٚلہِ دوٗبرا وِکھ نمکی دیٚن
کُھنِس کھیرس ژٕہ باگی رانین ترٔن

ترنہ وَے بختہٕ بجہ گئے یان ناوِتھ
دوہ ژٕ وَے باگ تمو کھییہ باگہٕ راوِتھ

ژٕبن نشہِ پانہٕ ریٚوش سوزُن سُہ کھرِھت
تمو کھیو یاگ رِتھ اوسُکھ محبّت

کوٗسلیا یہِ اکھ دِتُن کیکیہِ اکھ بیٚتھ
تموٗ دیُت سوٗ ستہٕ نصفا نصف بوٗژو

دیان دَے پانہٕ کوٗسلیا یہِ نشہِ زاو
برُتھ لس کیکییِ نشہِ زاو کن تھاو

ترمیِم آسِکھ سومِترالس کوٗرُکھ باو
شوٗترُگُن بیٚنیہِ لکھمن جو تمِس زاو

اونکھ برہمن پنڈت نانی ماجہ یلہ نِرائے　　کر بو نکھ ناو بیون بیون آسنکھ آے
گورن زاتک گنڈتھ دوپنک کرن کار　　شونُرُ گن برتھ لکھمن رامہٕ اوتار
پرزنا پزنہ لیجہٕ بامنہ ھنہ پتیےَ　　لزا گیہ راکھسن پاشن لچھکھ رہے

## اجو دیا وأسین منز لیلا

پربنہٕ نلہ ژندرمہٕ دزاو　　سُتیےَ گاش آوُ بیے
لوکُ بیول اَسہ وَوَیاو　　بکھنہٕ ہنزہ بومہٕ بووُ بیے
تُولا اسہٕ کھارٔبدی یوٚد وِ باوہٕ　　سُتیےَ گاش آوُ بیے
یارہ بلہٕ تلہ چھے گنڈی گنڈی ناوہٕ　　بُری بُری سوکھ تہ ساوُ بیے
کراو کرڈو رٕن بیزی ژیہ لاوہٕ　　ستیےَ گاش آوُ بیے
دِیھ چھے پرزلان سوتہٕ سو تہ واوہٕ　　ژھبنہٕ گرِھہ نورہٕ اکہٕ ہواوے
سَن دِتھ رانزہ گرِہ ژُورِیس ژاوہٕ　　سُتیےَ گاش آوُ بیے
اسنہ وونِدہ نِشہ موہ مُنشراوہٕ　　لوٕلچی پےَ بو نھاوُ بیے
سنتَس بنیسِ بیٹھ ھٔبر نھاوہٕ　　سُتیےَ گاش آوُ بیے
ہارِہ تہ طوطس گیلہٕ زن کاوہٕ　　سن گورنس تہٕ میجاوُ بیے
نی وون تمُ تنہٕ بی میہ بوزاوہٕ　　سُتیےَ گاش آوُ بیے
راناد شرتھ برہ نا چاوہٕ　　کوسلیا یہ رامہ جُو زاوُ بیے
اسہٕ لوگ نار تمسندِہ ناوہٕ　　سُتیےَ گاش آوُ بیے
سونِدرو نہ وِگنیو بُرِ وے چاوہٕ　　وو ندک غم غوصہ دزاوُ بیے

---

۱ لوک ۔ ۲ ... ۳ مُنتقل ... فضلِ خوشی ...

زگ ڈایہ ہمسی سُے اسہ زاوہ    سُتِیے گاش آوُ ییے
سمسارہ اوتڑا یہ آدم کھاوہ    دانہ کو نہ عار ژیہ آوُییے
کیا زہ گو یورہ بنیہ یس تورہ آوہ    سُتِیے گاش آوُ ییے
رنزو کنہ چھکھ آمہ پنہ داوہ    ریمہ نا بارہ بلہ ناوییے
سنتوشہ و ہڑارہ بنیہ ستھ باوہ    سُتِیے گاش آوُ ییے
سرگہ یہ ریپہ منہ منز سُہ میہ وُچھاو    ہنہ ہنہ اندر سُے ژاوُییے

پر گاش پانے کس کیاہ یہ باوہ
سُتِیے گاش آوُ ییے

تمن منز رامہ جوزن سری یہ نہ کل    کرُن راکھس تہ رہزن انہ گیٹس تل
سمِتھ باین سینن بیلہ اوس نیران    نرکوُٹی دیوتا ائس چہ کہ پھیران
رتمن وُچھو وُچھو کرنہ لوگ رازہ شادی    بشادی بوہ بیٹھہ پھرہ ون مُنادی
دِپن تمیٔ سارِنی ہڑ ہیچ خبر وُنی    گیس پی بوہ ددیس سینن گونڈُن من
خرچہ باپت گُنے کانہہ آسہ مُحتاج    خبر کریٔ تم نہ دھرمس دِمہ ہنُن راج
صُبح پھول سارِنی گو انہ گوٹ دوُر    مُنادی ڈرایہ رامُن راج مشہوُر
یہ ونہ زبکھ کانسہ کوُنہہ نیندرِ کرن نہ    پرَہ انی زبکھ تم تہ اپُہ رتی زاہ مرن نہ
شریرکہ کھوتہ گنز راون پرَدی پان    بنیس لگہ کھید پاین ہیٹھ لدن تان
یہے چھک وبدھ پرِنی اوبدیا یہ نہ کُنہہ    ستیح دِری ادہ تری تراوتھ مر نہ کُنہہ
انا ننھن ہند رچھُن متہ رازہ لوُکن    رمن آبُت تھون بہ تم ان نہ ہبیہ پن
تِتھے کو نزہ سپنی یازن سستین یار    پھولن پُوش ہیو پاپس اندر نار

گبہن سہتن کرٕک شالو ووپھاٲیٕ — گنداں تم پانہٕ واٲنی زن ژاٹہٕ بایٕ
وبڑاپ وتھ وچھتھ براربو صلاح زون — کوٚرکھ ہارن ستن براربو وبسہ تون
کوٚہس ہیٚٹھ پھیرہ ونی سیمنی سپنی گاو — دپن تس بیمہٕ سیتی سہہ گاسہ ہیتھ آو
گکھ لہٕ پونپن سبق پی لگی وٕ نہ نول — پتھو مو نیرہٕ اتس خار محصول
پتیاد یک رشی تپیسور جوگ شیناس — سپنی خوشدِل ژوٚلُک مُشکل نہٕ تلواس
کرٕن یژ کال نامنہ شادمانی — مرن موقوف سانیُن درجہ آنی
کرن کینژ ہاسہ نیتھ تنتھ سو کھتہٕ آنند — زہر لوٚگ راکھسن ویہہ گومو دُر فند
گرم بازار سانیُن دھرم کا راج — منش گے خوش نہٕ کانہہ چھینہ کانسہٕ محتاج
ہمے نیتھ رازہ ڈیشتھ زندہ سانیُن — منوشن واسپنا پھیرکھ ستش کن

## وشوامترہ سند یگیہ رکھیا

کوٚرن یژ تپ وشوامترن پوٚرن وید — دپان تس راکھسو دیت وارپایہ کھید
دپن بیٚلہٕ راکھسو کوٚر یژا واوہٕ — گرژ نہ تمی دشرکھس وٚن واوہٕ واوہٕ
چھ ستھ پی بیٚلہٕ تمس نشہٕ وعدہ پولن — دیوگتھ دشرکھس نشہٕ حال بوزن
دوٚپن تس داٲدی لدٕ سند وانہ بوزن — میہ سہتن رامہ جو گرژھ توٚری سوزن
چھ کیتھ بلہ ویرپن ویرکھ میہ ہاوم — بو گوس راکھسو تتہ موکہ لاوم
دہمنے سہتی ادہ پیٚنہٕ پان زالے — نتھے دِمہ شاپ یتھ زم را ٹھگا لے
میہ سہتی دن رامہ جو دی یہ راکھسن مار — نتے بد واکھ کڈے بینر آژیہ نار
سبھاہ ناخوش سپن رازس کوٚرن بنایے — وشِشٹن دوٚپ گرژھن کینہہ چھس نہٕ پروا



سلہ یہ لفظ چھیہ ...

بہ آمُت بی کرِ نہٖ اوتار دآرِتھ / گرٛژھن چھیُس راکھِسن پرینتھ جایہٕ مارِتھ

یہ کینژھاہ رٛشی دۄپُس رازن نہٖ بوزِتھ / بۄژے بوزُن گۄبرُنس ستتی سوزُن

یکن گو نیوُن لِکھمن ستتی پانس / گِندن کھیلن یکن گے پرٛینتھ مکانس

مدٲنی گۄرِ نہٖ دشرتھ راجہ لاچار / رٛشس ستتِ یکان گو رامہٕ اوتار

پتہٕ اوسُس غرض سائنیُن روانہ / ببس رخصت منگتھ اوسُس بہانہ

اۄتُن مرتُ[1] راکھِسن پرینتھ شایہ ژھارِن / اُتِن ینتھ جایہ تتہٕ بے وایہ مارِن

دیتُن بالک ورِنہ بیلہ یتھ مارِنج / یکن گو زتھ چھکن تنیتھ دیو مارِنج

سہ مارِنج دیت دبتِن ہُند کُمیدال / ژلیتھ گو زندہ زخمی گوس پتہٕ پان

تنتھے زتھ پۄک کولن طوفان سائنیُن / تنتھے ینتھ راکھسن اومان سائنیُن

وِشوامترس سپٹھاہ آنند سائنیُن / موٗدُر گو موکھ مَتِس وۄیہ قند سائنیُن

وِشوامترس دپن نِسنٛزی خُلش آس / دبا گرٛس گرٛھت ثمٕ تس یلیت کاس

بۄون جے تس رٛشس چھپے نرن تارن / ؤنِن تس رامہٕ ژندرِ نی ساری کارن

وشوامترس تنیتھے پۄژھ رامہٕ ژندرن / گنگا کِنہٕ پاٹھی ؤرٛژھ آکاشہ نِشہ بوٗن

تنتھے باگہ رٲتھنو ووٗت پتھ[2] مٕتس ؤنی / گنگا کِنہٕ پاٹھی ثمٕ بترآتھ پیتھ آنی

گنگا ینتھ وسِتھ آکاشہ نِشہ آے / مہادیون جٹن مترس دژِن جاے

تژس تیلہٕ ویاد بیلہ آزاد سائنیُن / دۄپُن تس ووتھ گژھ وونی پرتھس کُن

سمنتھ نم آسی نتہٕ وۓ دریایہ پرانس
منٛس مینس چھہٕ شنکھا جان پانس

---

۱ ووت پتھ = پیدٲیش ۲ تنتھے باگی رٲتھنو کنہ اُمِ مٕتس ؤنی (یہ چھُہ گرییرسنہ سنز کتابہ منزی)

# اہلیایہ ہُندشاپہٕ موٗژن

کوٗرُک آشِر وُچھکھ بێلہِ جان جایا
وِہنہٕ لگو وێشنہٕ سِنزی وێشنہٕ مایا

یکِنہٕ لوٗگ رامہٕ جوٗ بێلہِ لکھمن ڈیُوٗٹھ
غُبار ووٗتھ پادِمکلن نتہٕ شِلایہِ بیوٗٹھ

وُچھو موٗ کھتی کرِہنٛو نش آس پانس
نتے کیا اوس گرژھُن تنہٕ رێشی مکانس

نۍ کرۍ پاپ وُچھتو کرِتھ لٲبِن وتھ
آہلیایہ پان پُتِشروُن ذٔبِس پتھ

وِہنہٕ لوٗگ ریوٗش بھگتی وۄہ نۍ یہِے گے
امی بھکتی ستی ایشر پانہٕ وانی

کرِو مو پاپ منشو دارِ بوزِو
دِتُس شاپ برتھاہن کستھ یہِ بوٗزِو

اَہلیاہِ رِیہ پش آس شُعلہ دِیوان
ژُمس وبرن وُچھت آسی ترانِ بزران

وُژھی کامِنو وُتَل بێلہِ ٹینہٕ رازس
یکِنہٕ لوٗگ راژترآوِتہ ریشی مکانس

وِہنہٕ لوٗگ کنِتھہٕ باٹھی اژ ریشی مکانس
وۄہ نۍ بوزم امادم مێہ پانس

اوٗنُن دیوا دوٗپُن نش کوہ کروی لاگ
ژہ دِو بانگ ادِر راتس نش ریشِس زاگ

دِژِن نو بانگ ادِ ریوٗش گوہ بیدار
وِہنہٕ لوٗگ نیندرِ آیم گوس نہٕ ہُشیار

ژُلن گڈ وا اتھس کنتھ نِدیہ پیٹھ دراو
کرنہٕ لوٗگ شران نِدیہ ما بوزِنہٕ آو

دوٗپُس تمہٕ ریشی بایوسُل چھِہ شرالس
اما وِنہٕ ہیے نہٕ پاپ ماکھسِہ مێہ پانس

کوٗرے ژھل ٹینہٕ راژن کوہ کروٗے لوٗگ
یگاہ لدِہم مێہ پیٹھ شاپک یتھے بوگ

بکن گو ریوٗش نہٕ ووتے یپنہٕ شایے
وچھن ٹینہٕ راژہٕ کران آیہٕ گرایے

دِتُس ریشی شاپ یتمہِ پتھ یوٗن ژہٕ آکھی
کرے سوٗر وا کِہ ستِن زن نہ زاکھی

اہلیایہ شاپ دِتنے برتھا ہن
سپن شیلا یوٗتام یتِم نغم دارن

---

ل نیتھہ شارس منز چھِہ نہ تمک برابر - گر یترہ غلط تُکھ چھِہ راماینس منز وار باہن شارن منز

ہینے زمنس امی پُڑھو رامہ اوتار — ژہ ہیہ نیھ شاپہ کرہٕ سیمئیں نمسکار
سمے انتھس گوٗفے ما آہلیانے — ژ٘رتَن شیر دورُل وٚیشِنہ مایے
لُبھس پادن دِنے میٹھی بیٚرِھ مائے — لبُجس تو تاکرنے جاپہ جایے
دِنوکس پادیہ گنڈ دوٚپس مینہ مودوش — ژہ روزنہ ووہنی سہابو لاگیو پوش

لاگہ یو پوش ششیرے — رامہ ژُندرِہ چانہ ویرے
باژرھ بوٗنت چھی ژیٚہ سٔنے — واتان چُھکھ ہٕمنہٕ ہینے
منہٕ منزٕ آکھ نہٕ ونے — رامہ ژُندرِہ چانہٕ ویرے
اگیان چھُم مینہ منے — کام کرودُ لوٗب گنے
دیان چھون منہٕ سنے — رامہ ژُندرِہ چانہ ویرے
شامہ ریپہ رامہ جوٗہ — منزٕ ریپہ زنم چھوٗہ
بوٗمہٕ بار آکھ کاہینے — رامہ ژُندرِہ چانہ ویرے
شاپ دیُت مینہ برہٕمنن — ہیُندرانہٕ چاوکرن
پاپہ سٕنی گیسہٕ شرن — رامہ ژُندرِہ چانہٕ ویرے
شاپ دِنہ ہیُندرازس — دیون ہندس راژس
لوٗب گوٚے ژیٚہ کامہ ویرے — رامہ ژندرِہ چانہ ویرے
ہیمہٕ لوٗپہ شاکھ مکانس — زِنم ساس گے ژیٚہ پانس
دُرھن ہینہٕ ویرے — رامہ ژندرِہ چانہ ویرے

---

۱؎ وٚیشِنہ بابا یہ ہندی کھوہ ۔ کھوُن ہیُنس کلس ہیٹھہ ۲؎ پادیہ ۔ کھو رچھلانگ یونی ۔ گنڈ ۔ عطر، خوشبو ۔
۳؎ میتر، یوگی، مارہ، ہوا تہ آکاش [illegible]

ساسؔ نیتر بس بنیاو — دیون پیٹھ ننیاو
دیہ گت وچھو نبرے — رامہ ژندرہ چارنہ ویرے
تبرن ژچمہ گٹہ — ہاوتم پینہ وتہ
شاپ ژولمہ پاپہ ویرے — رامہ ژندرہ چارنہ ویرے
برہما چارنہ گژری — زیون کرنہ سیژری
وٹشنہ ریپہ کرشنہ ویرے — رامہ ژندرہ چارنہ ویرے
رشیو ریچھ کری تقہ ضایے[۲] — بجے کار اہلیا یے
کھارتھن وٹشنہ مایے — رامہ ژندرہ چارنہ ویرے
دیتھتم مینہ درشنے — امرپنہ ورشنے
گاستم نُونہ گروئے — رامہ ژندرہ چارنہ ویرے
اتھ چون کس زانے — کیا اوسم مینہ لانے
بومہ بار کاسہ وئے — رامہ ژندرہ چارنہ ویرے
بجے کار گوتم ریشس — اہلیایہ ہندس اشس
پرکاشہ چارنہ ویرے — رامہ ژندرہ چارنہ ویرے

## سیتایہ ہند زنم تہ سوئمبر

زنکہ رازس دیاں کورا چھہ زامژ — سہ مالکھی چھہ نُو شند گرہ آمژ
سبٹھا سنتانہ پرٛتھی آوارہ اوسے — دین دری باو پیٹھہ بس کوچھ گوسے

---

[۱] پتہ دِنس شونا تھن درپادہ بنییس ہتن ساس اچھ [۲] اہلیا آس سٹھا سوندر۔ مگر برتھا سندہ شاپہ سیتھ بنییہ گنز تہ تسند شوہ ریچھ گو ضایہ +

دۆپُن کٔرِ جگ، ندی ہیچھ دٔراو پانہ | کھٔژن مێژ مێژ تلہٕ نۍ لۆب خزانہ
سبٹھا سنتا نہ باپتھ لول ہس اوس | صندوقس کیتھ لٔبن مێژ تلہٕ خۆش گوس
دیوگت دِیو یاہ ژنٛدرمہٕ ہش آس | سِیر بہٕ بٕسندہ کھوٕنہٕ یِدہٕ دراوان سبٹھاہ آس
سبٹھاہ آشر یہ کوٚرنۍ ہیور کھارن | چھہ کیا ہمہٕ ڈاینہ یمہٕ پڑھ وِگنہ مارن
کٔر کھٹیکا یہ کس نامت چھہ زامٕشر | ژٕھنک کوہ لِہ یُوٚت چھہ پانٕس سیتۍ آمٕشر
وُچھکھ دُر دانہٕ ڈیٖٹھکھ زن سنہ مٔس | نبٹھن دہ دِ دامہ خاطر ژٕہ دوٚن آس
گۄمژ برہ زن پیمٕیژ آس آسمانہ | ہران آس موہ ختنہ اوٚش زن دانہٕ دانہ
جگہ ٔہند رِتھ وُچھن ژٕندرن تہٕ تارن | وِدان آس ٹاپھ آسی ماجہ ژھارن
دِپن کیاہ سنہ ببس گونا کنن میون | عبث زانُن ہژر گونا ببس میون
کمٕس وِنہٕ بوٚنمس اچھ کوٕنہٕ پھورن | مرس نہ کیا کرس چھنہٕ وانس سورن
یژھن کورن چھہ کم ہب ناج لاگن | بِمن پننہٕ واوتن اِدٕ کا وزاگن
زنکھ رازن دوٚپُس بب چھُس یوٚچونے | دِپن نِشہ لیکھنا وے رُنت ژیہ لونے
نہ ماٰسس خبر ہیچھہ گژھ بہٕ وانا | بہٕ معصوم سارین ما چھہ ماتا
نین گرٕ لولہٕ سیتن نۍ سوہ ندر مال | رٔچھن تنھٕ ہتھہ رٔچھن چھی پچھی اندر لال
کمانا اکھ نھوٚوُن نۍ تنھ بچن یی | کڈ بس یُس کسی تہٕ سیٚرس لاگہ سے ہی
کمان دژٕ میژ شوٚن تنھ یی چھُہ تدبیر | دِپس نس کس گڈ ہتہ یُس نزاوِ تنھ ہنیٖر
لو مُکھ یوٚد وَے بلاوِیروہ سبٹھاہ نت | اَچھر والامُلے کرٕ تنھ نہٕ حرکت
یوان چھی وِبر تنھ صبحن تہٕ شامن | روان یزان دِوان ہم چاک جامن
نِمے بلہٕ وِبر یم پھوکہٕ سیتۍ ٹلن ہال | امانت کیتہ نہ حرکت اکھ اَچھر وال

منس کنہ نھاوتس ہیوٗ ناو سِیتا بہٕ چھُس زانان ژٕ یہٕ سٕنٛزٕ چھُس کرمہٕ لیکھا

بکان گے وٲنٛی تتہٕ شہرس اندر ژلے خبر رادِس گیٔ کھٕ تٕم ہنٛد کمان دٔرے

لمان کم آسی تتہٕ رِیس سٕتراہ ساس دُوکت وُچھ ژٕیشس بوزنہٕ کیاہ آس

لمان کم آسی تتہٕ بوزساسہٕ بدٕی دیر بِتَن نِھوٚد رامہٕ ژٕندرن تٕر ولس تیٖر

مَرہن ہندکس کٕدٕتھ نِیٖتھ تیر ترووُن صدا کوٚرِس سمے یٕژر شوٚرہٕ نیوٗوُن

زنکھ رازس لُشہٕ ریوٗش پانٕہ ژاوُے دوپُن تس ژٕندرمس ہیٚتھ سریہِ آوُے

ونیشوامِترن زنکھ رازس دوپُن ڈیش چھُہ نیٖچھتُر جان رٕتہٕ رؤہُن [۱] نہٕ بیٖیہِ تیٖش [۲]

گمرگنڈ تیر دشرتھ رازٕ ژھاٹرُن انگُ ساری کوٚماری تارِ تارُن

ژٕلی شرأچھی مُشرِتھ کر نمسکار لکھن چھی رٕتی ژٕ یٕہ ٹوٹھیوے رامہٕ اوتار

انُ دشرتھ کرٕو توٚہی آشنایی فِکر ژٕ چھ سارِچی تٕوٗگیٔرہٕ بجایی

نیٖچیوٗ چھُے خوش یوٗن گاٹُل ہُنرمند ہُنرمنظوُر لکھمی واتہٕ کس اند

آ غافِل ژِہ پانَس واتہٕ ناوُن وچھُن پوٗشِیدہ پاٹھِن آنہٕ ماوُن

حِکیما بے دوا کرِ زندٕ موٚردَن قلمزن برہوا تصویر لیکھن

عمارت گر چھُہ برآبے روانہ کرن سنگین بِنا تعمیر خانہ

مُنجِم تیٖتھ خبر آغاز و انجام دِلس لیکِھت زگردِش ہاے ایام

بنن تی نی ونَن درشٹانت ہاوُن اما چھُہ نٕہ کانٛسہٕ تش یم سِیر باوَن

اینہٕ پوٚز دوٚ ننہٕ تٕتھی لوگُن مُشرمی بود رتن اوس لانہٕ تٕتھی پانس ہیوٚتُن بود

کرُن سورُے دِلس پٕچھے پانٕہ آسن خبر چھا کونہٕ چھُکھ دِیہ وٚیاد کاسَن

قبیلس تانٛی تتھے رازٕہ پرژھنہٕ گو ونہٕ لوٚگ کاردِیہ سُند آشرِس گو

۱؎ وہہن تش آگو گو ... [illegible] ۲؎ ... [illegible]

تِتھے بھگوانٕس بابا پننہٕ ہاو　　 یہ کتھ کرادٕ قبیلس کانٛسہٕ نہٕ باو
وٕ نہٕ لوگ دِیے چھہ مِلہ وان لاگی کارن　　 یِتھو ناحق چھہ لوکن بارہٕ کھارن
تُوے آسس شُون دِژٕ میٖژ کمان ہینٛز　　 ہِمِش دیواہ چھہ تس سینٛز نزاوِ بیٖن تیٖبر
سُہ ابلاش اوس منگُن تس سور دامُن　　 سُہ تیٖر اوسس دِین والِنجہٕ زامُن
مُقرّر گو وِٹیشوامیٖترس لوٗدُکھ بور　　 مہٕ وتُن تمی منہٕ پانس اوس مِنزمی یور
دِٹیشوا میٖترِن گرٛھنت دوٗن دشرتھس یِی　　 دیواہ تس رامہ ژٕندرس دوٗنی کرُن چھے
یہ بوزِنت گوٗت سانٛیِن شاد دشرتھ　　 وِٹیشوامیٖترس لوگمُس پادن وندِنہٕ رتھ
یہ وُچھنو کرمہٕ لیکھا کرمہٕ آسان　　 مِنزمی یور چھے بہانہ کھرچھہ کاسان
لکھین بوزتھ نہ نکھہ رانٛزٕ سیٖنُن شاد　　 اُچھن مِنز باگ ژٕٹن رامہ جُوزٕ یاد
سبٹھاہ گوس مَن پرسند خوشحال سانٛیِن　　 وٕ ہنٛز آرتھ شیٖنچھی لژِن تس دشرتھس کُن
لژِن شیٖنچھی دشرتھس ہُنٛد رانٛزٕ نہ نکھن　　 ژٕ یہ مادیواہ کرُن چھے رانٛزٕ پوٗتُرن
سبٹھاہ سامانہ پیٖرِتھ رانٛزٕ دشرتھ　　 گرٛھیم یُن سینٛز ہینتھ سالری بعشرت
تِتھے بنٛھ من گرٛھیم پژٕساوِ دان شاد　　 وِٹیشوامیٖترس دوٗپُن صد آفریٖن باد
یہ وُچھنو کیا چھہ آسن دیہ کارن　　 گرٛھان چھے بیٖلہ مِلہٕ دان لاگی کارن
مُقرّرِی سیٖنُن باسانٛزٕ سامان　　 تِتھے مہارانٛزٕ گرٛھہ یُن خوش نہٕ کھیلان
پگاہ سِرِن رِنہ گوہ بیٖلہ شعلہ ژٕدوُن　　 دپان دشرتھی سمے یٔژ شوٗرِنوُن
سمتھ تس آس قبیلہ سور کروٗنے
دپان خاندر کرنہٕ گرٛھہ رانٛزٕ سوٗنے

---

ے ۱ نیٖنہ سُطرہ چھہ مانٛے مشکوک روزان +

# یٔنہٕ والیُک گیوٗن

وٕنہٕ وٕنہٕ منتر رٕژہٕ واسا درائے
شامہٕ رٕیہٕ رامہٕ گرٕژھ سیتا یے

اوم شبد سیتن شوٗ کلم گرٕتھ
وٕنہٕ وٗن ہیوٗ تنۍ ماجہ بوٗ آنۍ

لولہٕ سیتی سرسوٗتی ہیٚیہٕ وٕنہٕ یایے
شامہٕ رٕیہٕ رامہٕ گرٕژھ سیتا یے

وٕنہٕ یا سوٗ نبرٕتھ دِیوٗ یہ آیے
پینگلا تہٕ منگلا شاردا ہیتھ

شوٗ یہٕ پھل دِتنۍ ماجہ راگ گینایے
شامہٕ رٕیہٕ رامہٕ گرٕژھ سیتا یے

پھاوٕتھ ہیہٕ پوش ماجہ شوٗایے
وٕہٕ نرسہٕ ووہٕ مایہ گوٗرنۍ باو

سامانہٕ گونڈنۍ ماجہ شارکایے
شامہٕ رٕیہٕ رامہٕ گرٕژھ سیتا یے

لکھمی ستی ستی روٗپہٕ بوانۍ
سوٗ تہٕ مالہٕ موختہٕ مالہٕ ژھنس نالہٕ

واٗلہٕ ژالہٕ گنجنس ماجہ کالہٕ کایے
شامہٕ رٕیہٕ رامہٕ گرٕژھ سیتا یے

شیتلا تہٕ نونلا رامہٕ مایے
ڈٗبکس ہیتھ ژندرمہٕ ترٕنہٕ للان ژھسٕ

سوٗ تہٕ جامہٕ گنڈنۍ کوٗ سلیایے
شامہٕ رٕیہٕ رامہٕ گرٕژھ سیتا یے

گایتری تہٕ ساوتری ژرسندیایے
زٔلن گامہٕ تارٕمنترٕ تنۍ جایے

پوٗتہٕ سندوٗ درسند برگہٕ شکھایے
شامہٕ رٕیہٕ رامہٕ گرٕژھ سیتا یے

وسِشٹ تہٕ برہما وید پران درایے
برہما وِشن تہٕ ایشر دراو

نمسکار بوٗ ونۍ کرمہٕ لیکھایے
شامہٕ رٕیہٕ رامہٕ گرٕژھ سیتا یے

یٔنہٕ رازٕ درمہٕ رازٕ بہق اندازی
جاو بران کیکی وٕنہٕ وان درایے

برٕتھ جی شنتر گُن وُچھنۍ درایے
شامہٕ رٕیہٕ رامہٕ گرٕژھ سیتا یے

ساوِدان مَن گوس شادی کرانی — منہ کنہٕ لولہٕ سنتی سومنتر ایے
نالی مالہٕ ژھنِنس کو سیلایے — شامہٕ رینہٕ رامہٕ گرٕتھ سیتایے
ہینگلا نہ منگلا یدِ یہٕ گل آیے — باوکہٕ ینیر منزرہٕ ہنتھ پوش
یینیرہٕ سنتی رامس لاگِنہٕ آیے — شامہٕ رینہٕ رامہٕ گرٕتھ سیتایے
پیشِر منبشر سنتی تس دُرایے — تُرِ وُئی لولہٕ ینیرھ سنتی ہنتھ درایے
نمسکار بوونے وبنشنہٕ یایے — شامہٕ رینہٕ رامہٕ گرٕتھ سیتایے
دیو یہ وگنے پتہٕ برونٹھہٕ درایے — برونٹھہ برونٹھہٕ وگنہٕ چھہ سوز کران
پتہٕ پتہٕ دیو یہ وٕنوان درایے — شامہٕ رینہٕ رامہٕ گرٕتھ سیتایے
گم گم پوش ینلہٕ ناگہٕ درایے — یینیرِھ سنتی لاگِہ ناشری رامس
منہ کنہٕ یینیرھ سنتی لاگِنہٕ درایے — شامہٕ رینہٕ رامہٕ گرٕتھ سیتایے
پرکاش چونے چھے پرٕنھ جایے — گٹہٕ ژٕجہ اسہٕ جانہٕ درشنہٕ سنتی
دیوی نہ دیوتا شرنی آیے — شامہٕ رینہٕ رامہٕ گرٕتھ سیتایے

## شری رامہٕ سُند ینیہ وول

گوندکھ سامانہ سورُے رازہٕ پوترَن — سپُن خوش رازہٕ ڈیشتھ رازہٕ پوترَن
برنھہ سامانہ ازززبفت اطلاس — سبٹھاہ نالہٕ موختہ مالہ ساسہ بدی ساس
گرُبن ہستین گونڈگ سامانہ اززر — سراپا غرق گے درزر و زیور
کُرکھ شادی اربن گے سوارہ — رٹھن ہستین پیٹھ ووکھ نقارہ
تبارِی کٔرکھ سادی دٕرایہ شادان — ہَن منزرامہٕ جُوزن سِریہ تابان

طبل وۄلِنک سۄپن پٔژ شادیانہ زٕنگہ رازن گرہ سآئنیٖ روانہ

سمِتھ تِم اَستہٕ اسنہٕ درایہ خوشدِل پکِھنہٕ لگی رسہٕ رسہٕ منزِل بہ منزِل

سبٹھاہ شادی کران منزِل گرِہ کھ طے بشادی رازہٕ زٕنگھن گرہ گرِ تھنہ پیٖے

دپان تِمٕ رازہٕ زٕنگھن فرشِس مخمل دھر مُنت لولہ باغس ہِی نہ مسول

وِچھن سامانہٕ آتشرِ کار سآئنُن وُچھن تِم رازہٕ پوکھ پٔژ شاد سآئنُن

بتن دُھچھ وُچھی سبٹھاہ گو شاد رازہ وُچھنہٕ مہرازہٕ پٔژ گو رازہٕ نازہ

گرٕ کھ شادی مُنادی درایہ بازار سُمِتھ پن رازہٕ زٕنگھن گرہ لاچار

دِتُنک درٕ مسں خزانہ راج تہٕ تاج بلاشک واتہٕ پوٚت پیٚو آسہٕ محتاج

سبٹھاہ گو نگرٕ خوش شادی نتو دیٚتھ گرٕکھ پٔژ دھرم دان لگنس پیٹھن بیٹھ

## لگنک گیوٚن

شیٖرس لاگے پوش پوٚ ہائیٖنیے سُنیٖنیے ووٹے وبواہ کال

شنو گلم گرٕ تھہ اوم شبدٕ سنیٖنیے وید شاستر درایہ رنی رِژگون

وشولہ باوٕ زنگہ مہاگنہٕ پٔتیٖنیے سُتیٖنیے ووٹے وبواہ کال

وتہ یاستو چھے بینہ سرسوتیٖنیے وتہ ونہ منتر شو بہ واسنا درایے

شو ناتھ ورنے آو پار وتیٖنیے سُنیٖنیے ووٹے وبواہ کال

جمنا شارداچھے سِتہ سُتیٖنیے نمہٕ ناپادن گنڈہٕ ہاے سون

پوتیشور ورنہٕ آو رگنیا بہ پتیٖنیے سُتیٖنیے ووٹے وبواہ کال

ہنگلا منگلا بدرہ کل آیے برھما کران اوس دارٕ پوٚزا

دارِس ارگہ پوشہ لاگ ہِنگہ سِنتِیے — سُتِیَے دوتُے دپواہ کال
زالامبُو دربیہِ گہنہ پِرپِتِیے — گرِ ہیَے پومپرگو نگ پوشہ ڈُوری
بالہ ہامہ بالِکا بہ وَنہ وُن ہیتِیے — سُتِیَے دوتُے دپواہ کال
اُکن گامہ شواِ بہ وَنہ وُن ہیتِیے — دوہ ترِسہ دوہ ماپہ کرِنے جاے
ولہ چارنہ زِکھینہ گرِہ چھی پیتِیے [1] — سُتِیَے دوتُے دپواہ کال
سومبرِ تہ دیوی دیونا سِتِیے — برھما نہ برہمن وید پران
لگنس وُزھکھے رامس سِتِیے — سُتِیَے دوتُے دپواہ کال
نرِسند اودرسند پونہ سند سِتِیے — اگیان ترآوِتھ بیون بیون ناو
وشٹ مہارپوش چھےسندِان پیتِیے — سُتِیَے دوتُے دپواہ کال
چھے راز وُچھان برونٹھ نے پیتِیے — دوہ پہ بوانہ رٹ واسہ گرِ جاے
اگنس کُن ژی اتھہ دار پیتِیے — سُتِیَے دوتُے دپواہ کال
برھما وید پران برونٹھ نہ پِتِیے — ستر کرِ نہ آئی بُدرہ کالی
رامہ جو وَرِنہ آو سیتا پہ پیتِیے — سُتِیَے دوتُے دپواہ کال
کرشنہ جُون اوتار دوُرن پیتِیے — را دایہ ورِنے منتر دوارِکا
نند گورِن گرِ آمُت چھہ پیتِیے — سُتِیَے دوتُے دپواہ کال
راز سون بوزورن ترپُرسُندرِ یے — شیتلانہ توتلا رکھیا کار
لکھمن جو ورِنہ آو بِد ماوُ تِیے — سُتِیَے دوتُے دپواہ کال
وشوامِترن مُیل کُرتھ دیتِیے — رازہ دشرتھ گرِہ ہیَے آو
برتھ رازہ ورنے آو بھگوتیے — سُتِیَے دوتُے دپواہ کال

---

[1] یم سازی دیوی دیوتاہ چھہ جاپہ لولہ سیتی ونگنس ہیتی زِکھہ رازہ نہ گرِ +

دشرتھ ننہ کولہ بر دار دائری — سنز نے سامانہ چھے کران
شترگن وڑنہ آو پد ماوٗ تیئے — سُنیئے دوتےٚ ویواہ کال
رتہ کوٗٹی دیوتا سنہٕ سنگ سُتیئے — لائنس چائنس جے جے کار
تر کارن نر یوَن سنگ سنگ ستیئے — سُنیئے دوتےٚ ویواہ کال
دیوی چھے کران پوشن پھوٚلیئے — راز کوہ مار کرِ پوشہ پوٗزا
شیرس پوش لاگے ووہ دلہ بلہ چھتیئے — سُنیئے دوتےٚ ویواہ کال
دیوتا اندر اندی وچھان چھی سُتیئے — لایہ بایے گنگہ وسہ منگہ ناویکھ
لایہ بایے لایہ چھک دِژ برونٹھ پٹیئے — سُنیئے دوتےٚ ویواہ کال
لکھی نہ ہاری آیہ پکہ پٹیئے — اشٹا دشہ بوز سال کران
ذکری شوہ روڑنے آیہ بھگو تیئے — سُنیئے دوتےٚ ویواہ کال
دکھنا یہ پٹلہ ویلہ دوتے سُنیئے — وسِسٹ مہار یوش تھال ہتھ ورا و
بکھہ دار بر ہمنو ہنہ موہ ہر پھوٚلیئے — سُنیئے دوتےٚ ویواہ کال
منز مو بود موہ ہر منگنہ آوے تیئے — دکھنا دِنہ وزِ کورکھ یاد
نند گوٗر دوہ دہنہ آسے بونیئے — سُنیئے دوتےٚ ویواہ کال
بر کاشہ چانے گٹہ گجہ بٹیئے — شری رامہ اسہ ووہ نی درشن ہاو
انزٕ کار وو ندنشہ کاس بھگو تیئے — سُنیئے دوتےٚ ویواہ کال

## ویواہ (لگن)

ونیشوا مترن لگن وون راز نکھس — اُنکھ سنبتانہ پشر کھ رامہ تُندرس

لہ ساری کوہ لگ زیٹھ +

زٔنکھ بوزن أنکھ سأری قبیلہ
گوڑکھ وواہ مِتِن روڈک نہ حیلہ

زٔنکھ رازس پنٕنی اکھ آس کوٚمأری
سۆ پُتشرن لگُمنس خوش گأس سأری

زِ آسس باوِزہ پُتشرن مِتِن دۄن
برُنھ بیٚیہ اوس مألس سیٚتھِ شنُتر گۄن

گرِکھ تیزی نہ خوش سأنیٚن سُہ دشرتھ
گوٚرُن خاندرٕنہ گرِ گوژور نوشہِ مہیتھ

گرِکھ شأدی ارابن گیٚہ سوارہ
زٔنکھ رازٕنہِ گرِ سأینی دوانہ

سُہ دشرتھ لِبِن گو پنٕنِس ہَرس کُن
بکِن گو لوکہِ سٕنی پنٕنس گرس کُن

گرم بازار سأنیٚن دھرم کا راج
مَنُش گیٚہ خوش کانٛہہ چھُنہٕ کأنٛسہِ مُحتاج

بکان گو دوت بیٚلہِ توٚت بار گو رام
کمان چھُٹرِن دۄیُن نش کرٕثٕ آرام

دۄیُن نش گرٕتھ ژِ ہ پانس بیٚیہٕ کھٹ روز
بَنا ہِت وآژ دوژٕنی اسہِ نِش پوٚرنٕے بوز

بکَن سوٚن روٗپھ چھکن گرُڈا سوأری
سُمِنٛتھ ژِیہٕ آیہ لجہِ نِش پأری پأری

تُند درشُن وُچھت تِمہٕ پان گالن
زِ آژٕ کرن موخِنٕہ روٗد والَن

بِوان درشُن وُچھنہ سأری گنڈِتھ گُلُ
کران آلٕژ جگر گوٚشس ونٛدن دِل

ونِنہ لگی شکھنِہ بوٚڈ دَے ویاد کأرِس
نِوِس رازَس مبارکباد آسن

مُٔترِکھ گنج پُتشرِ آوکھ غریبَن
سۆ بس تِل غرق سأنِنی سأری برہمن

# اجودھیا کانڈ - راج تلک

جمع سأری سٕپنی ارکانہِ دولت
تِمو گرٕ سارِوی رازس سِتِن کتھ

دۄ پکٕ نگرس سُمِنٛتھ کھر کھنڈ کھیاوَو
نِوَس رازس پنٛگس بیٚیہٕ ناوَو

مُقرّر گوٚ پگہٕ صُبحن پرٕ باتن
سُمِنٛتھ پِن رامہٕ ژٔندِرس تاج پُتشرن

برٛہسپت سِریہ یہ دیٚیلہِ گوس کیندٕرس | دِیان نار دِرٛیشی ووٗن رامہٕ ژٔندرس
جہا راجا نرٛاین چھکھ ژےٚ نہ امُت | خبر چھےٚ نا ژٕہ کیاہ چھکھ کرتہٕ آمُت

## لیلا

ژٕ تنیو ہیرہ ہیرہ لگ سوٗرٕ نے[1] | اسار زان زن بٔرم سمسار
موٗہہ رٔژِ منس کیا سنہٕ سنے | بیگانہ گوٚنزرٕ ٹھ پشُنے یار
امرِیتھ تراوِتھ دیٚیہ لوٗگ شہ کھینے | اسار زان زن بٔرم سمسار
کمن وبتارن لوٗگ کھینے | بیش کیا گنزٕرِتھ یِم چھیم دیار
بیٚنہِ یِم شُری بأیہِ چھیم رٕوٗنٹھ کنے | اسار زان زن بٔرم سمسار
کایا دِوٚہہ اکہِ لگیو پٔتینے | ژٕیہ کوٚنہ منش گوٚوٗتھ وپٔار
اسنہِ اسنہ دارس لوٗگھ کھینے | اسار زان زن بٔرم سمسار
زانتھ نہ مایا پانے نے | ہا اٰیِہ کوٚنہ گوکھ خبردار
آکھ تے پوٗنی گُرٛ ہکھ نیتھ لوٗنے[2] | اسار زان زن بٔرم سمسار
سمبٕس وأنتھ پکھ ژٕ دُنے | افسوس کھیکھ اوٚہ تیلہِ کیاہ نار
سونتھ سوٗرتھ نہ ہردٕ وآگھ نٔٹنے | اسار زان زن بٔرم سمسار
دٔیہ دِیہ سوران یِم منتر منے | موکھہ ترآوتھ بوٗڈ چھہ ہردٕ ٹیک سار[3]
ہردٔے کِہ کوچہ پھیر با ہنہ ہانے | اسار زان زن بٔرم سمسار
شمت پانے آسے ؤنے | گاش ڈیشتھ ژٕلِہ اندہ کار
گنٹہ دور گژھتھ یہ گاش نٔنے | اسار زان زن بٔرم سمسار



۱ اےٚ زِبوہ ۳ ۲ رٛنأنی سوٗرٕ نہ کھوٚنہ چھُپہ دِلہ کِنہ سوٗرٕ ن تھوٚد۔

# کیکی مند ژھل

ژِہ رُوشتھ ہیہنہٕ لولس پونی ترآوِتھ
دوٚپس تمی ناردو یوزکھ ژِہ پانے
ہِہےٚ کتھ ییٚلہِ ییٚندِ رازس نِشہٕ وآتہٕ
دوٚپُن تس کنُ ژِہ گرتھ کیکِیہ ہِھر مَن
ہِہےٚ...شِنیٚچھی آس یِرتھ کیکِیہ ڈوٚل من
دبان ییٚلہِ رازہٕ گو کیکِیہ نِش رانٹ
منگلے کینٛژھا مہٕ دِگِن نِی گرتھِیم دِیُن
اکھنس ہیٚتھ واس دِتھ کوٚرتس بندانے
ژُھہ کیاہ چیٖز امنگتھ آسنھ دِمے نا
وُچھو ژِہ باوِکِنی ییٚلہِ دو دِنس کن
دِین کیکی سبٹھاہ نِش آس دلخواہ
قسم چھے نابھو یہُنہٕ گرتھ وعدہ پالُن
بریٚتھ گرتھ رازہٕ آسُن رام وَنواس
تِنھُے بوزِتھ دُستھ ہیو رازہ برخاک
نہ بوزتھ رازِ بنِھی کنی نتہٕ ہیتھر پیو
وۄدُن وارہ دوٚپُن تس کیاہ یہ کوٚرتھم
ژِ یہٕ آسِی رامہٕ ژندِنی مائے وارہ

یہی کُس یوت یِہی کُس منہٕ ناوِتھ
سپنہٕ ازٕ راتھ کیٛنتھ کیاہ تال دٕکانے
اَمِن تمہٕ سرسوٚتی سوٗزِن تمی رآژ
تِنھُے یُتھ رامہٕ ژندرس ژھِنہٕ گڈھتوَن
دِنُ رازس ہیوٚنُ رازِن تھوٚوُس کن
دوٚپُس نمہٕ دپ ہیہٕ ماموٚنگمے ژِ یہ کینہ ژانٹ
دوٚپُس تمی نورہٕ دیُنتمے دٕی گرتھِیم نتِن
ژِہ یوٚد دَے نو منگکھ بیٚنزرے بہ پانے
دیکھ یوٚت یِنُ نہٕ توٚت بتھکِنی ہیمٕے نا
تِنھُے لیٚتھ گوس یُتھ کرِ ہیٚس نہٕ دُشمن
دوٚپُس نمہٕ رامہٕ ژندرُن راج چھُم داہ
میتھر رچُھن شیٖنتھر گرتھ مولہٕ گالُن
دِیَن کیکی وُچھوادِ بار کیاہ آس
کوٚرُن جامن نہٕ جانس سارسِی چاک
تِنھُے یُتھ سار دِی گنز زکھ سیٚن شو
جگر ژ دٹھم نِشکم گیٚتھ نارِہ یوٚرتھم
کوٚرتھ لیٚتھ کیا دونتھ ہیتھ کیا چھہ چارا

۵۱ محبت ٹھنڈو کرِتھ

پہ کمی دوپنے زندے برنھا تہ زالن
یہ کمی دوپنے زندے دِس تہ ون اچھن ہیزِ
اما کرتم کھیما سوزن یہ و نواس
یہ کینژھا چھم نہ سورے دِمہ یہ ہٕکس
وٕنزانس رُو وبثانس واپہ وارہ
مہ کرِ یژھ بازی نیتھ منز کیا نفع چھے
تہ نے بوزکھ دپس تمہ پان مارِے
مُنز گون برتھ ماتا مال گاٗ ٕمنہ
یہے کتھ گیہ نبر سیرس نبر گو
مبٕہ دِم رخصت پلنگن بیہ تہ پانہ
دَپیوس راژن پلنگس بیہ وندے رکھ
ہیوُن رخصت بیس و نواس ساینُ
گرژن ہیوُت لُکھمن کاٗ پیو و آکاش
دُپس تمی رامہ ژنڈرن بیہ ستھنٹ وز
یہ بوزتھ ماگ آسی شرا دِن ناپھ
سوزن من تہ نہ وِنگن دپہ گرژھو ون
تہ یہ یدؤے ناج بوگن چھے نبر بیر
وُچھکھ راون کران کیا سُکھ تہ آنند
پگاہ گش ڈاس گرتس مہر کہینز ستی

منھس امر بنت تہ بزگن مولہ گالن
مبٕہ چھم یی شاپ پانس چھے نہ تقصیر
مرِے نس یہ دست ووہ نی کرمہ نمینگ پس
مبٕہ چھم اکھ رامہ جو بس چھم پننے بس
جگر ژاؤ ٹھتھم گییم واٗلنجہ پارہ
مبٕہ بوزِے یتھ یہ ووہ نی بیہ کانہہ نہ بوزی
پگاہ نیرِے نبر کتھ رژِ کھارِے
گیکھ شیشچھو نم تہ آسن نور آمنہ
وَوان آو رامہ جو رازس پرن پیہ
ہر نہ لوگ مہ ختہ اوش زن دانہ دانہ
دُپس تمی شاپھ بدلن چھم نہ طاقت
ستبن لُکھمن ہیوتن گے جنگلس کن
دُون رازس زٹھتھ راجس کرِن ناش
وَنے دوپہ دِلیش اَدیا نمک کنو بوز
یہ بوزتھ پہ نی گی سورے ژلی پاپھ
بَژھا گنز رادِ یژھی ژ نژل مہ ساینَ
گرژھک لنکا وچھتھ راجنہ لشہ سیر
زٹھتھ یمہ راہ تہ نھومنت کرہ گرژھتھ بند
سہ مہر ہے کو نہ نس ستی بیہ مرن گیتی

سہ یِیلہِ مرِہ نس دپان پوشس نہ یم زان | مرُن سارِنئے پھُہ اِدکس تتہ بچن بات
مرُن مشرِو ییٚمچ نش د وو سورُے | مرُن ییٚمچ ذون تمیٔ ذورَتھہ کھورُے
سہ زمنس سیٖہ نہ ییٚمچ ساٖرِی دُوِی ترآو | دُوِی تمیٔ ترآو بس نار آنی وَتھ ہآو
دُوِی ترآوِنی چھِی مایا بہ دینُ نار | میٚنتھر زانُ شیٚنتھر ترآوُن اہنکار
دوٚیمُ والبشر ینُ ہب موج زانُ | نژیٚمِ گوٚرشبد بوزتھ وا تہ مانُ
بچھہ ژوٚرم کتھ ییٚہے ژھارِنی سٚنیح وتھ | رِبہ ییٚنژِم پان مشراوُن دیس پتھ

## ونہِ واس گرٛھن

مُقرٚر بی سیٖن گرِتھہ رام ونواس | دوٚلن تمیٔ بُرزہ ترٛوُن خاصہ طلاس
اَنکہ گیکی نہ پیرِ نکھ بُرزہ جامہ | پرٕ نہ لوگ شہر سورُے رامہ رامہ
ستی سیٖتا پکن گے پان مارَن | ودَن آس خون نیٚترو آس مارن
ودن سیٖتا گیکھ فرِی باد لوٗین | کرَنہ کیشن پریشاں سینہ ووین
دیوس رامہ ژندرن روز ییٚتی بنیہ | دوٚپس تمہ امہ وِنہ وألجہ چھم رٛیہ
دوٚپس تمی کوٚت ژہ یکھ چھی پاد پوش | دوٚپس تمہ بوزکنس تل چھے سونس پوش
دوٚپس تمی کرہکھ ژآلِتھ سفر ذات | دوٚپس تمہ رٚتے سوا دوہس گرتھیم رات
دوٚپس تمی کوٚم نٹہ امہ پکنہ چانے | دوٚپس تمہ پی مہٕ اوسُم کرمہ لانے
دوٚپس تمی بنیہ ژہ گند نام موخنتہ مالن | دوٚپس تمہ گرتھہ ژہ رُمہ اکہ بان زالن
دوٚپس تمی بنیہ ژہ چھکھ نوزک گل اندام | دوٚپس تمہ کٔہ کوٚرُم بہ مندنیٚن شام
دوٚپس تمی بنیہ ژیٚہ چھے پیوین ہش تن | دوٚپس تمہ چا نہ دورِہ نارہ زالن

---

۱ سارِنی — بہ ...

دۄپُس تمۍ بیٚہ ژٕہ چھکھ رٕمبہٕ وٕنۍ ژوڈِشں ژُون ‏ دۄپُس تمہٕ چون ژُورِ بٕرچھُم چھوکس لۄُن

دۄپُس تمۍ بیٚہ ژٕہ چھکھ بوزِکھ ہیۓ تنَ ‏ دۄپُس تمہٕ ہیہ ڈیشنہٕ کُنڈِی چھبہٕ کھوژن

دۄپُس تمۍ بیٚہ ژٕہ چھکھ باغچ ٕیمبرزٕل ‏ دۄپُس تمہٕ کٔمۍ بمبوُرن کٔرم گا نگل ٥a

دۄپُس تمۍ بیٚہ ژٕہ چھکھ باغچ ہِیہٕ پوش ‏ دۄپُس تمہٕ ژےٚ وُچھان روُدم نہٕ کیٚہنہٕ ہوش

دۄپُس تمۍ بیٚہ ژٕہ چھکھ تازٕہ گلزار ‏ دۄپُس تمہٕ بیٚتھ نہٕ قیمت نتھ گلُس نار

دۄپُس تمۍ بیٚہ ژٕہ چھی انھہٕ برگِ توسم ‏ دۄپُس تمہٕ ژےٚ وُچھان یِمہٕ چشمہٕ لوسم

دۄپُس تمۍ بیٚہ ژٕہ گرتھ باغچ بمبرلاگ ‏ دۄپُس تمہٕ وہٕی کیٚتھو نھوٚ وتھم دِلس داغ

دۄپُس تمۍ ژالہ کردکھ سختِ چوٚنےٚ ‏ دۄپُس تمہٕ مےٚ لگی ما ژُونہٕ گرِوہنےٚ

دۄپُس تمۍ بیٚہ ژٕہ چھکھ نامِہ نابان ‏ دۄپُس تمہٕ نورٕہ پادن تلِ دِمےٚ جان

دۄپُس تمۍ بیٚہ ژٕہ گرتھ شیٚچھ سوزمالیُن ‏ دۄپُس تمہٕ نورٕہ ژولتھم تابہٕ تالیُن

دۄپُس تمۍ بیٚہ ژٕہ رانس ہیتھ جگر گال ‏ دۄپُس تمہٕ چون نیرُن آسہٕ نش کال

دۄپُس تمۍ بیٚہ ژٕہ کوسلیا کٔری باو ‏ دۄپُس تمہٕ سیٖر بادٕنی وونی بنٖی باو

دۄپُس تمۍ بیٚہ ژٕہ چھکھ سارٕن اچھن گاش ‏ دۄپُس تمہٕ ووُنی کرکھ بینن بٕسرن فاش

گولابن کرٕن ٲش آجزِ بمبرزول ‏ کھٹِتھ ژندرمہٕ تھوٚوُن تارِ کن تل

وِنہٕ لوگ رامہٕ جوٗ سیتایہ کنُ بوز ‏ مہٕ وَ دووہٕنی ٲژ ووُتھ وارٕہ ژٕہ خوش روز

مہٕ وَ دووہٕنی وَ دِینہٕ سِتن پران لوریوےٚ ‏ مہٕ وَ دووہٕنی وَ دِینہٕ سِتن گاش سودیوےٚ

---

٥a اَنکھ کیکیہٕ سیٖرتھ بورژٕہ جامہٕ + پرِنہٕ لوگ شہر سورُی رامہٕ رامہٕ (دگر نیرس)

٥b وَدن سیتا گیُس فری باد لابن + کرِتھ کیش گیہٕ پرِشان سینہٕ واین (دگر نیرس)

٥c دۄیُم مصرعہ چھُ گرنیرسن بیٚتھ پاٹھی لیکھان ۔ دۄپُس تمہٕ کٔمۍ کوٚرم برمندِس شام +

٥d دۄیُم مصرعہ چھُ گرنیرسن بیٚتھ پاٹھی لیوکھمُت ۔ دۄپُس تمہٕ کٔمۍ بومبرن کرمیہٕ گرانگل +

نہ ودوونی ودِنہ سِنتی گوٚرے زنگ بیرنگ     مہ ودوونی ودِنہ سِنتی شیشس پھُٹے سنگ

وۅلکھ بیٚلہٕ بُرِنہٕ نٔرٕ وُکھ خاصہ ململ     پکان گے ژٕنہٕ وَے از راہٕ جنگل

نہ یاں وُچھہ شہرٕ کینہ لُوکہ رِواں درِلے     دۅپک کیاسنہ وَسِ منزکتہٕ رٹِن جالے

دِلس پیٹھ داغ روٚٹ ووہٕ زِلبو گلالو     دۅپک دُوریرٕ اکس سالس نہٕ ژالو

گلاٚس سوسِنگ ہیُو رنگ ساٚنِن     نہٕ دِلبشت حال مسولہٕ مِیو ننہ کانِن

سپنی ساری پرزلہٕ وِنی گُل اواره     پھولن تیٚلہٕ بیٚلہٕ درشُن دِن دوباره

پکان گے نتھ کوہس پیٹھ آل ہنزہ رونگ     بدل گوزِ پیٹھی پوشن کازِنکی کونگ

سہ کیکی شینہ ژھٹہٕ مُنجھوری گیہ تیز     وَنس کُن لُجی خلاٰیقن پوہی پیش ریز

ژٕوٚنکھ مُنزِل روٚنکھ منزون کھوٚنکھ پان     خلق پیٹھ پھیری ساری آیہٕ ریوان

تنھے مَم گے ڈنڈکھ ون منز رٕٹکھ جالے     زِخم کر پھیرتہٕ گرمس کیاہ چھُ پروالے

خبر بیٚلہٕ بوزکوسلیایہ کوٚٹ گو     وِننہٕ لُجی رازٕ پوٚترس کُن ژٕہ کُن چھو

## کوسلیایہ ہندی وِلاپھ

کوسلیایہ ہندِ گوبرو     گرَیو گوُرہٕ گورہ

پرَیو رامہٕ رامہ     گرَیو گوُرہٕ گورہ

کوٚتُو گوہم ژٕہ نزٕ آوِتھ     کسُو ہیکہٕ حال باوِتھ

انی کُس میٚنہ تارِوتھ     گرَیو گورہ گورَہ

بگیُو پوٚت ژھایے     ہی گرھتس بوٚ ہایے

نارس ووٚڈھ بہٕ لایے     گرَیو گوٚرہ گورہ

کنَن چھے کنٕہ واجے   شری کرٕشنٕہ مہاراجے
زگتٕک چھک ژٕہ راجے   کَرَیو گوٗرٕہ گوٗرہ

پھیرٕہے اَنٛدٕ اَنٛدی   لاگے پوشٕہ گنٛدی
جامہٕ چانٛی سوٗنہ بٕسنٛدی   کَرَیو گوٗرٕہ گوٗرہ

لول چون دۄنی مینہ آمو   ژھار تھوٗ شہرہ گامو
بینہٕ گوٗژھہِ ہَم ژٕہ رامو   کَرَیو گوٗرٕہ گوٗرہ

نبرٕ ہا بازآری   ہیٚسٕڑنَم گوکھ سآری
پادَن لگے بو پآری   کَرَیو گوٗرٕہ گوٗرہ

نیٚبرٕ یوٚ دارِ پئتی   لاگیو کارٕ پئتی
تارِ دِل گوم بیٚتینی   کَرَیو گوٗرٕہ گوٗرہ

مینہ دیوٚم رامہٕ راجے   خوش اوسے نہ دوہٕ راجے
آدٕ نکِہ سبرٕہ باجے   کَرَیو گوٗرٕہ گوٗرہ

مینہ کوٗشاپھ آسی   ژِم تہٕ کونٕہ کانٛسِہ کآسی
ژٕہ گوہم وَنٕہ وآسی   کَرَیو گوٗرٕہ گوٗرہ

ژیہ پیرِ تھم بٕرنٕہ جامہ   بوٚ ژھارتھ گامہٕ گامہ
پرَیو رامہٕ رامہ   کَرَیو گوٗرٕہ گوٗرہ

لہ لِہ منٛز للِہ ناوتھ   جگرس منٛزٕ بہ ساوتھ
وٕنہ تہٕ نو کانٛسِہ ہاوتھ   کَرَیو گوٗرٕہ گوٗرہ

نیٚبرٕ یوٚ شامہٕ لَٹے   بآری میانٛی چھی ژیہ مَٹے

گاشِر لالہٕ ترٕٹے    کرٕ یو گوٗرٕہ گوٗرٕہ
دوٗربہٕ نوٗ بہٕ ژالہ    کسوٗ کر ہتس حوالہ
لاٗجِتھس مایہٕ نٕالہ    کرٕیو گوٗرٕہ گوٗرٕہ
اِچھن مُنہد گاش کوٚنت گوم    ہِری پہٕ پرٕ کاش کوٚنت گوم
کینٔہ تِہ چھم نہ آش کوٚنت گوم    کرٕیو گوٗرٕہ گوٗرٕہ

# راژٕ سُند حال

وٕدِ نہٕ لوٗگ راژٕہ بیلِہ احوال بوٗزُن    وٕنِہ لوٗگ راژٕہ پٕنٕنس ہالشرس کُن
وٕ وٗدُن واراہ تِہ جامن کرٕی نٕہ پارہ    وٕنِہ لوٗگ کیٛا سا کوٚت گیٔہ اوارہ
وٕسِشٹھن نِس دوٗپُن کیٛاہ چھکھ ژٕ پادٕ    یہٕ وُچھ دِیہ کاریتھ کیٛاہ اوس وعدہ
گوٗبرٕ زمِس ژٕ یٔر نِش آمُت نرٕاین    وَرَن چھے شِیشہٕ ناگُک پانہٕ لگِھن
شتُرگُن برت گاٗمٔتی شٔنکِھ ژٕ کرِس    چھہ سِیتا پانہٕ آمِژ بوم زمِس
کشف چھکھ پانہٕ آدِنتٔ[1] چھے کو سَتیا    برُن چھے دِین کرُن چھے زنمِہ تِیا گا
کوٗرُدِہ پنھ وارِیاہ اگنس ہُموٗوِہ پان    وٕدان آس آدنی ٹوٗ ہٹھوٗس ناران
دوٗپُس تٔمی منگ گژھی کیٛا کو سہ چھے مان    دَپُس تٔمِہ اکھ گوٗژھم گوٗبراہ ژٕ یٔہ ہوٗجان
یُن اوسُس پانہٕ نِس اَوزنار دارُن    کرِہ نِہ کھیسے راکِسن راوُن چھِہ گالُن
نٔوَے بانٛچھہ سپُن سُہ پانہٕ دِنوٗس    ہیٚنتھا سِیتا پہٕ ہندِ لنکا پہٕ کرِ ڈاس
تِتھے راژس سپُن دٕرہام تہٕ برہام    وٕ وٗدُن واراہ نہٕ ساٚنُن گاش نِش کم
نہٕ بوٗزتھ راژٕہ یٔژ ساٚنُن وٕ دٕاسی    تمِس بہٕ نہٕ براکٔ[2] زنمِکی پاپ آسی

---

[1] ادِتھ کنٔی ... [illegible] [2] ... پانہٕ زٕبکو [illegible]

دپن منہ کُن دوہہ اکہ ون گوٗمت اُس — تنی ونہٕ پاپہ وشہ سینتھ اَنہہ ترگوس

پکن از دُور تمی بوٗنہٕ ڈیٹھ ژھایا — گمان تس یُی سپن گونہہ کیاہ بلایا

کوٗڈن ترکش دِتین تس نیر وآرتھ — ژھُنن تمیٔ بے خبر ریٗشی زادہ مارتھ

وچھن ریٗشی بالکاہ اک پونی سارن — ژُس تمہ تیرہ سینتھ زخمی گمٕژتن

وَدَن وونُس وٕنم دوہنی کیا کرن تم — پتھ اب موج نابینا گمتی پھم

ژہ گژھ دوہنی پانہٕ زن بے گوس دِکھ ریش — منن ادہٕ باونس کیاہ آو دریش

نتھے گو رازہ پانس نشہ نبر آتش — بمن نشہ ریش ہیتھ گو زن ینن گاتش

لگس نم شانہ ژھارنہٕ ژبری کیتھ آکھ — یدل زِ ونک جگرس ساٗنپنک چاک

پرژھک تس چھک ژہ گس اُسی کیاہ چھ دیش — اَچھن ہندگاش آسہ گوٗت گوپوز تمیٔ ن

ونُن بانتھ منٕ ہیوت تمی پنن پاپ — دِسنہ پتیہ دوہہ نہ وسے تس یِی دِنک شاپ

گو برگوبرہ کران یوٗت تام گلی پران — تشند ژش کرُن رو ذی ژیہ اران

نتھس رازس بدل ساٗبنن نہ ریٗشی شاپ — ہٕ کر انصاف دوہنی وانیا کرُن پاپ

## دشرتھ سندی ولاپھ

وندیو موہ نہ بہٕ پادن — ژھانڈ ٹھو رامہٕ رادن

وڑارناگ ونہِ لارے — تُنبرکہ تارہ پرارے

برہمہ سرہ کنو دِمے کن — ژھانڈٕ ٹھو رامہ رادن

اَچھن ہندٕ گاشہٕ میانے — خوش یُو ونہٕ نُندہ بانے

کاٗلی راوم ہیبے تن — ژھانڈٕ ٹھو رامہ رادن

---

[1] نوٹ … بیھم … [illegible] … ہند ذکر یوان
دشرتھ سنز … [illegible]

کشہِ تیر لوٚبھم سیمے | لشہِ چھم ناپرٕ دیٚہہ
اَشہِ پھیرن ہٲرم تن | ژھانڈِ ھٹو رامہِ رادن
مہآلشہِ کنہ بمہ یو | ہٲرمو کھہ وٲنی دمہ یو
ہمسہ وارہِ گرٕ ھتہ رٹے وَن | ژھانڈِ ھٹو رامہِ رادن
ژہ رُود ہم گتھ شاے | کرآنکہ ندی ووہ ٹھ ہہ لاپے
گنگہ بابہ یُن چھہ آدن | ژھانڈِ ھٹو رامہِ رادن
عنصہ نوکینتھ مبہ چوئے | دٕین ییٚلہِ بانہ زوئے
چار نو لاٲنی وعدن | ژھانڈِ ھٹو رامہِ رادن
ژہ زے گوکھومیٚہ نشہِ دور | ہیرزے تیٚلہ ییٚلہ گژھم سُور
وٕرنے پونی ناگہ رادن | ژھانڈِ ھٹو رامہِ رادن
ناونن ترٲو کینہ | باو سرد ودمہ سبنہ
ہاومو کھ تھاو لادن | ژھانڈِ ھٹو رامہِ رادن
برنہ بلہ پُتھ نہ راوے | رامہ رامہِ کرکھ نہ ترٲوے
آو دِزِ مے نادن | ژھانڈِ ھٹو رامہِ رادن
ہتزن منز رٹے پاد | بُتھ شیر کنی دمے ناد
مرِ یو وُنہ چھہ آدن | ژھانڈِ ھٹو رامہِ رادن
ناران ناگہ پرارے | وانگِتہ جایہ ژھارے
پرارے سنی سادن | ژھانڈِ ھٹو رامہِ رادن
سرِ یس چھہ گاش چونے | سُے چھہ پرٕ کاش چونے

سُے پُھے یُوگہِ سادن  ژھانڈ ھوراٖمہٕ رادن

## راژِسُند مُرن تہٕ برتھہٕ سُندیُن

وٕنہٕ نہٕ لوٗگ راژہٕ بایہ احوال بُوزُن  کرٕنہٕ لوٗگ زارٕ پننِس ایشرس کُن
وٗدُن واراہ تہٕ جامن کرٕنہٕ پارہ  وٕننہٕ لوٗگ کیا سنا کنہٕ گوس اوارہ
وٕدنہٕ لوٗگ دَھرمہٕ رازَن کرمہٕ بِی لیُوکھ  گیٖس بِی ہاں کوسلیاہ یِنس یِیوکھ
دٗپس تمہٕ توٗرہٕ کیاہ کرٕتھم ژٕ یہٕ نیکی  یہٕ کیٖنہ اوسُے تہٕ یشرووتھ بہٕ کیکی
دٗپس تمہٕ توٗرہٕ کیاہ وِچہٕ پکار کوٗرتھم  جگر ژٕ ٹُھتھم شکم کیٖنہ ناڑہٕ بوٗرتھم
اُچھن ہُند گاش اوسُم رامہٕ اَوتار  گُڈِ ژٕ ھنتھم نہٕ کیاہ دِیتھم زنٕدٕ نار
دٗپُن ستن کُن دٗدُس منہٕ نہٕ النم ووہ نی  دزَن چھُس پمہٕ پزَن ہم پالتھم ووہ نی
پرٕنہٕ لوٗگ رامہٕ رامہٕ صُبح تا شام  دزَن رالش پرٕبالن ہیٚوتنہٕ آرام
پرٕنہٕ لوٗگ رامہٕ رامہٕ لین ساعٕ نُن  سُہ اَنترموکھنٕ گو آیِنہٕ ساعٕ نُن
کرَن یُس راژہٕ لوکن یِیٹھ حکوٗمتھ  برن شوٗرشہٕ ووٗن نیٖترٕو ہوٗرُن رتھ
ولنہٕ زن اوس آمُت کریٖڈہٕ زالس  کرٕنہٕ لوٗگ چاک دامنس تہٕ نالس
سپُن بیہوش تخت وتاج ژٕ ووٗن  وُچھنتھ گو پاٹھٕ پین ہندرِش ہوٗون
پنجرہٕ منٛزٕ باگ بیٚلہٕ لوٗت لوٗت نیبر دراو  وُچھنہٕ لوٗگ کس چھہٕ زامُت کُس منٛس زاو
ژُٹِن جبہٕ جامہٕ مُوگہٕ لاوِن اَتھہٕ کھور  وُٹِن نوٗداے ژھایہٕ نہٕ لوٗگ ژٕ واہ پور
وُچھُن نہٕ کانٛہہ گوٗبرُ نہٕ کانٛسہٕ ہُند موٗل  اکِس اکھ دیہٕ سیٚنن دیٖتھہٕ زن زوٗل[ل۱]

---

[ل۱] جسکیو ووہ رادِہٕ اچھو کن وغیرہ [ل۲] بیٹھہٕ کنی اکوژ اگہٕ پیٹھہٕ چھہٕ دٗپُم ژٕ ونگ زالنہٕ نہٕ روشن کرنہٕ یوان۔ نتھئے کنی چھہٕ نالس نِشہٕ گوبرُ ظاہر سپدان۔ بیٚٹھے چھہٕ تہند اکھ اکس سیٚننہٕ سمبندھ۔ امہٕ علاوہ چھہٕ سورُے اپنُ ؞

وۆڈُن وارہ نہ سمسارارِ روان اوس    دپَن کیکیہ پیٹھ ناخوش سپُھا اوس
سوٚ بِنس ہیلیہِ تارہ سینن زو لنس نوَ    سوٚ کیکی آیہ من بنس بنس ساوِ دال گو
ششُرگُن برنھ ماتا مال گاءمنی    گیکھ شیچھ تم نہ آسن بُوری آمنی
ششُرگُن برنھ مالِنہ منگہِ ناوِن    تم آیس تام من احوال باوِن
وِننہ لوگ بُرتھ جامن کرنہ پارہ    مرنھ کِنہ مول میلیم بیٚنہ دوبارہ
مُترِھن میٚتر سارِسِی فرِیاد لاٰیِن    ییتم درشُن دِتم بس نا دلاٰیِن
بِلن چھوُن کلہ چھاوَن کلَس پلِ    بَبن کِنہ سِری بہ گومُت اِنہ کٔنٛس تل
ژوٚٹُن سینہ دِبُٹن بس زورِہ نالہ    دوٚپُن بس کُن بوٗ کس کوٚرتھس حوالہ
سپُھاہ لبُنھ گوس اُیژ رنھ اوس ہارن    دپن یی اوس ووہ نی کیکی بو مارن
وُچھن پرنھ جایہ کوسلیایہ بس ژاو    و دن دوٚپس یہ کٔی ژھُن معصومن ولو
وُنم ووُنی گیاہ سپُن ننہ ونی کھیمے وینہ    دوٚپُس تمہِ ٹاٹھہ گوبر ویرونٛھہ کِنہ بیٚنہ
کرِن دیوانگی سینس دِنہ چاک    سپُھاہ کیکیہ پیٹھ ساپُن غضبناک
دوہ نہِ وَسے کلہ ہنبھ تمہِ للہٰ ناوِن    جگر مُنزِ رِتھ من سوراخ ماوِن
وَدن دوٚپنک اُسو تو یہ آسوِہ آسے    میٚیہ چھم بس رامہِ ژندرس کھوٚنہ نہنہ مالے
دیُونک کرو دنہ آوِتھ روز نو ووہ نی    لسُند لگارن میٚیہ بس نوہی بوزِ نو ووہ نی
دپن تمی ماجہ پیٹھ وارہ ننبر وٚن    قبیلہ کھوہ تہ وارہ داد گو نوٚن
وُچھو ووہ نی گیاہ تھس رازِ ین بنتھ آو    دِبُٹن ژوٚزیوٚرِہ پیٹھ ہینھ گوبرہ سُند ناد

خبر چھا رامہِ ژندرن بوزِ یا نہ
ڈنڈک ونہ منز رووٚمُت نی مکانہ

# برٛتھجی سُند ڈنڈک ون گرٛٹھُن

أچھو لوٗگ رتھ ہرٲنے | رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرٲنے
شیرِ پیٹھ تاج نروُون | برتھ رازٕ منگہٕ نوُون
تنہٕ جامہٕ مٔژر روُون | رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرٲنے
شاپس کێنہٕ نہ بلاج | برتھو شیرِ ڈیُو تاج
مول مٔرتھ ماج کریا راج | رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرٲنے
شور گو آسمانس | زٕلہٕ زٕلہٕ گو جہانس
رازٕ کھوٗت پیٹھ ومانس | رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرٲنے
سِمتھ آو سور کرونے | کوٗت گو رازٕ سونے
چارٕ نو کێنہٕ نہٕ زونے | رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرٲنے
سِمت آو سور قبیلہ | ونیٲہس زازٕ وِبلہ
کالس کێنہٕ نہ حیلہ | رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرٲنے
ژٕستھ آو سور عالم | کیکیہ پیٹھ کور رکھ زم
کالس کیٛاہ تمیک غم | رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرٲنے
کیکی لجٕ ودٲنے | بُتھِس لجٕ رب لدٲنے
مٔرتھ گو کیٛاہ میہ بنے | رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرٲنے
سوٗمنتر لجٕ روٲنے | زورٕ لجٕ نالہٕ دِنے
بوٚد پھیرِ پی سپٲنے | رامہٕ رامہٕ لجٕ پرٲنے

کوسَلیا آیہ نالن    سوٚمبل کرِن دٕون گلالن
دۄپُن تن نایہٕ زالن    رامہ رامہٕ لجی پرائے
کوسَلیا یہ دۄپ ہتن دٕون    ہیٚور کھوٚت کِنہٕ دۄنھُم بوٚن
سوٚمِترا یہِ دۄپ پھرِن سوٚن    رامہ رامہٕ لجی پرآئے
مارنہٕ لوکھ لگی پان    کِیسکِیہ پٹھ کرِکھ ہمان
کالس کیاہ چھُ اَومان    رامہ رامہٕ لگی پرآئے
شترُگنُ چاکھ دِتھ دراو    بوزِتہٕ کینہہ نہٕ نش آو
دۄپُن ہیوٚ معصومن واو    رامہ رامہ لوٚگ پرآئے
برتھ رازہٕ دراو لارَن    اَچھو کِنی خوُن ہارن
ڈنڈک ون ووت ژھارن    رامہ رامہ لوٚگ پرآئے
وُچھُن بیٚلہِ سِریہ رُوپس    گرھنہٕ سِنی گوٚٹ گومُت لس
کوٹھِس تاں ووتمُت مس    رامہ رامہٕ لوٚگ پرآئے
وُچھُن بیٚلہِ مٔلِشہ خانہ    ہوٚرُن اوٚش دانہٕ دانہ
پیوٚمُت زن آسمانہ    رامہٕ رامہ لوٚگ پرآئے
برتھن بیٚلہِ سُہ حال ڈیوٚٹھ    وُسِتھ ہیوٚ تاں پتھر بیوٚٹھ
دۄپُن پادن دِمس میوٚٹھ    رامہ رامہ لوٚگ پرآئے
وُچھِن پمپوشس ہِش تَن    سِینی منٛز خاک ہَن ہَن
مٔنِثھن ہنٛز پاد نیٚترن    رامہ رامہٕ لوٚگ پرآئے
دۄپُس تمی رامہ جوُرَن    برتھہٕ چھکھ کیازہ رۄن

کوٗتُو چھک یور یوَن  رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرٲنے
بٮ۪نَ ماجہ کوٗرمہٕ سمواد  وُچھُم کیاہ چھُم یہٕ روٗیداد
بٮ۪نیٚرہٕ یور چھُم نہٕ کیٛنہہ یاد  رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرٲنے
بٮ۪نَس پیٹھ نالہ ترٛووُن  دٲدی لدٕ مَنٛدٕ چھووُن
بٲیِس حال بووُن  رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرٲنے
بٮ۪رھتن حال ووٗنِس  وَستہ پیوٚ ضعف اوٗنِس
دوٗپُن کمی کورُس بیکس  رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرٲنے
کِتھو پُرٕھاوس سُے ساتھ  بٮ۪ن کرٲسہِ دوٗہس راتھ
بُہ موٗ پیوٚسس ژٕنِس ناتھ  رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرٲنے
دوٚکھ نہٕ دٲدی سخت ژٲنِ  دھرٕمکی وعدہ پٲلِن
دوٚہ ییلہٕ نکھہٕ وٲلِن  رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرٲنے
دوٚہ نٕدہ دود واریاہ گوس  برھنس کنُ ونانہٕ اوس
مَنٛدِیَن اَنہٕ گوٚٹ گوس  رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرٲنے
کُسوٚ ہیٛکہِ ؤیاد کٲسِتھ  یہ اوسُم سہٕ نٕدہ ٲسِتھ
بُہ نو دوٚنی نور ہیکے ہِتھ  رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرٲنے
ودِنہٕ لوٗگ بب ژنِس ہوٚیں  تِتھے پِتھ شرُ سنٛز موس
بٮ۪تھن ژٕہ دِتھ برُن یوس  رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرٲنے
میٚہ نو دوٚنی کو نہٕ کرِم ہان  بُہ کس کرٕ مَٹہِ پینٛنُ پان
کوٗتُو ژٕ وٗلہم ژٕہ بھگوان  رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرٲنے

کٔژ تۆ ژولہم میٚہ ترأوِتھ　　کسو میکہ حال بأوِتھ

اِنی کُس مینہ نأوِتھ　　رامہ رامہ لوٚگ پرأنے

سِریٚبس لوٚگمہ گرٚ وہنُے　　میٚہ نو زاہ مول نونے

وُچھنت بیٚتہ حال سونے　　رامہ رامہ لوٚگ پرأنے

برتھو گرٚتھ نگر کنُ　　کوشلیا بوٚری سوزُن

میٚہ نو ووہ نی نور چھےٚ یُن　　رامہ رامہ لوٚگ پرأنے

گنٹہ بیٚلہ سُورپھوٚل گاش　　سِریٚبن ترووٚ پرکاش

برھنس سُور پنچ آش　　رامہ رامہ لوگ پرأنے

## شری رامہ سُند بیَس وَدُن

دِین اَنزی کنی چھُپہ یب گوٚبرس ترأین　　وتو بیٚتھہ لُوکھ بیٚہ پستن چھہ لاین

یِمن چھی پاپہ منتیٚ یب ماجہ راون　　یِمن اِدہ وَتھ تہ نو چھےٚ کانہہ تہ ملن

پیومُت زن چھےٚ سہ آسان آسمانہ　　سہ بوٚ دوَے موختہ پھوٚل مول چھُس نہ دانہ

سہ کر چھےٚ کانسہ کنُ اِدہ وِچھنہ زانن　　تِمس چھی وَ تہ پکِنس تیرہ ژانن

تِمس چھےٚ سارِ چیز کُ لُوب سورن　　تِمس کر کانسہ منگنس چونٹھ پھورن

تِمس اِدہ کرچھہ روزن کانسہ ہنز کل　　سہ چھےٚ ڈولہ ڈاپھہ دِوان کولہ ہٹھیس تل

سہ چھےٚ اِدہ ژور ہیٚو آسن رٹن وَن　　گگَن بنن تا پہ سینن شین زَن تَن

گوٚبرُ مألِس نِشہ چھےٚ گنٹہ اندرلال　　سہ یوگی پوشہ یس یب موج یُنژ کال

وَنِہ لوٚگ سوٚ بیٚنہ کنی وِچھہن ینُ مول　　یِیم نالول کاسیٚم چھُم گومُت ہول

مشکھ کنہتھ موج چاآوِ مترِ چھے پن تریش — بنیے معاوضہٕ دِ نے کوٗرِ منت بیٖی پیش

لوَن یِیلہِ دِژ نظر ڈوٗبھن پوان فوج — اَسن باآیس دۄپُن وُچھ بامین موج

لوَن یِیلہِ دِژ نظر ڈیٖچھن پوان نم — اَسن باآیس دۄپُن وُچھ باچھہِ کم ہم

کوہ شوٗ خوش روز بنیہ کمتام چھہ لارن — خوشی کراَسی اَسی بتھ جاہِ پھارن

کوہ شوٗ خوش روز وارہ لوکھ چھہ لارن — پئیہِ اَتھہٕ سینی پنُن مرتھ ہوچھہ ژھارن

نُلن نام تیرِ دِژ نتُہ لکھمنن نن — دۄپُن مار نیم چھلیم پاپوشہِ من

کڈِ نہ لوٗگ زوہ لاینہ تیر بس لو — دنن چھی لکھمنس وِیرس نہ کیاہ گو

سپہی کنہ مارہ کینہ ماژ وُرِ یِیلہِ گے — ژٕ لِتھ بس رامہ ژٕندس ہیتھ پرن پے

سپھاہ یِیلہِ ماری نُہ لشکرژ لِنہ لگے — تنہندی ہیمہٕ سیتی موٗرزن الِنہ لگے

ہزِمت کھوسِ پاہو گیہ ازکار — وَدن گیہ رامہ اوتارس ونکھہ زار

## شری رامس سیتی جنگ

یہ بوزتھ رامہ جوٗ بنتھ کنی وُستھ ہیوٚ — وِ ہنہ لوٗگ لکھمنس ویرس نہ کیاہ گو

زنہ بوٗہ نہ سیتی کرُودی سر یہ سانین — زلس منز لوہ نہ سیتن ہیو تنہٕ کانین

وِ ہِ د نہ لوٗگ لکھمنس دیرس یہ کیاہ گو — وُستھ آکاش ماد رتھیہ پیتھہ ہیوٚ

دوہ دِ نہ ووٚنھ درا تس سیتی تم پہلوان — اوٚنگد سُگریو زومُوون ہنومان

پرِ نہ لوٗگ ترا وِ ترا ہے اوٚش ہرن راو — پکن لشکر ہینی دریا و دریا و

تِیلہِ کھوتن سہ چنداں فوج ہیتھ آس — کورُن نا یِیلہِ گرشمت لنکا یہ نُنی ڈاس

وُچھیو دیہ گت یہ منزِل ژبوتھ کیاہ آس — کُلاہ ڈیشتھ وُستھہ ہیوٚ کوہ کیلاس

اَوٚ نگدُ وۄتھ کیاہ وَنَن یِم لۄک فسانہ | کڈک ژُنی یِم زِہ بالک تا نہٕ تانہ

جہل اَوٚ ننس سٕنٛھاہ لارَن یِوہ دِس آو | کوہ شن ذیٛت تیرِ لس لٹہٕ کنی ژھپٹھ ذراو

وُچھِنہٕ سُکرِ یِو لۄک ڈبوٚھُن اَونگدُ مۄد | کلاہ اکھ ژوٗرِ ہیٛتھ ژاگنِہ لس رُود

یوَن دۄپ کُس سَناوانِدرِ چھُہ ژاگن | دِلس تمی تیر سُوہِس تِت ہِنِن تن

یہ وُچھ ژومُو وَنَن آگاشی دِژہ ژھال | کرکھ تل دوٚ نہٕ وَے وُچھتوٚنسُندِ حال

گیٚس لارَن تِمو تُلی کنی دِلس تیر | رَنَن ہیٛتھ پیٚینہٕ کینہ ہورکُن گیٚس زیر

تُلکھ تیر وسَنِن آگاشی ژِ کال | مینھر پیوہ نیلہ بدن ییلہ گوس غربال

تۄتے نام دوت ہلمت رنگ ڈبوٚھُن | زِنہ ڈیٚشتھ ژرام آسِتھ سنگ سآ نَین

کوٚرُن تدبیر تیٚھ کیاہ دوہ نی چھُہ چارہ | دوہ بوہ رٔنشی بالکو اسی کری اوارہ

صلاح کوٚر تمی دِلکھ پریٚت یہ دآرِتھ | ژھنک تیت برننس تِل یِم زِہ مارِتھ

تِنھے ہنھ بھٔوروٚ تُل تمی سخت بالاہ | کرِ دوہ بدی کھآر زن اکھ موٚیہ والاہ

دِیان برو نِھی تِمو ژو نکھ سہ کوٚت گو | تۄتی یوٚت یوٚت پتے اوٚسُس گوٚمُت لو

تِمُن تمی بال تھوٗد دوہ نہٕ وے کرکھ تل | وُچھو تمی معصومن نام کیاہ کوٚرُس ژھل

جہلہ سنی تیٚر لوٗیِن تس گملین دوہن | سِمیرس تل دیان ژرامس یین سوٗن

رنہ حسرت راہہ ژہِدرن ڈیٚوٹھ یا نہٕ | سین کرِ دوہ دی ہوٗرن اوش دانہ دانہ

کمان ژُنجی تمی دِوہ نِی دوہ نی کوہ ش یارن | اہِنہ لۄک کیاہ سنا ییٚتھ اوس کارن

وِدِنہ لۄگ دادِ سیٚتی تمی ژوٚٹ یِن یان | اما دآدِس دوا ژھانڈُن نہٕ آسان

وُچھن بالک ہینی آوارہ ڈیٚبِھن | اُچھن منز منہ ہُلی زن وارِہ ڈیٚبھن

پینی ڈیٚبھن گمتو تنہ نشانت سآری | کنڈ بوٗ پیٚٹھی آسی پھیران نہ وآری

مرِتھ گومُت ہمِس سورِے قبیلہ    دِیَس رۄسنی ہتن ماکانہہ وسیلہ

گمتِو تمہ مآلِ سِندِ شفقتُک نشہ دور    کران ژھیپہ ژھیپ وِنس منزباگ زن نۄر

ونس منزباگ مادر زاد پھبرن    نہ ڈِشتھ یس یَس زن پران بَبرن

گژھن کرو دِیو دِچہ یِنہ آسی واٹن    پرمبس کن وچھن وآلنجہ پراٹن

رِدنن نُوضرب لولکُ پآنی پاسن    کۄرُن پانَے نہ پیٹھرن ہیوس پاسن

دۄپُن سَنتان چھِم پادَن دِمکھ مۄٹھ    نہ مازہ ونُن پنُن منزل مہ چھم کرُٹھ

وہِنہ لۄگ یم مہ ووہ نی سنتان پالن    نہ مازہ ونُن مہ ما دستار والَن

گبورس کۄنڈ یۄد کھورس اژن چھُے    اَچھو عۂسنی یب تِمس سُے کۄنڈ کڈن چھُے

گۄبُر یۄد وَسے ودن اَشِہ قطرہ ژاون    لسُندیب چھُے کلس اَدہ کنِہ چھاوَن

دِپھِیونک تۄہی مہ پکنو نِنہ وآری    نہ مازہ ونُن یِہے مارَن مہ سآری

پرِنہ پیادَن سوارن عۂسنی کھیلنُ    بہ گو تیز آژ پیٹھ آکاش میلنُ

پُتھر پیٹھ ننہ وآری پدی مہ تھوِ تو    یۄدُک سامانہ چھُو پینو تہ نِنیو

رفس مبآرِس گھسنتھ کُرُنو مہ عۂسنِن    ہیچھوہ کیاہ دُشمنن کرنو مہ سِنن

لون دۄبنس ژہ چھکھ یمہ بارِہ ماوَن    ژِہ زانتھ شُری نوے چھکھ تنہ لاون

شترہ سنز نِدیہ نشہِ کرترِیش گرتھ جینی    پرِ یا شُترس نہ لادن شترہ سنز ہیٚنی

شترنے چھکھ ژہ عۂسنی کیاہ اوس ہۄون دِیُن    گۄژھاپِتھ فوج ہیتھ ماریہ اَسہ یِن

ژِہ کیاہ اَسہ عۂسنی اوسُے باگراوُن    کمن گۄژھہ رازہ آیۄد تھیکہ ناوُن

مِہ دِرِی تِنسزی چھہ یَس مآلس نِشن زاس    کرَے لشکرِ تہ شہرس سآری ڈاس

مہ دِرِی تِنسزی چھہ یس تنہ بُرزہ چھم نالہ    گرتھ وُنی ثانت ہنی نۄژھے پننو مآلہ

ژٕ نِشہِ یمہٕ یوٚت بہ دِمہٕ یمہِ ٹێنگہٕ تِلہٕ لاچھ — چھُہ نے کوٚرمُت مہٕ نمہِ ماتایہ کینٛہہ یاچھ

بہٕ چھُس یتھٕ مُت ژٕ کرٕ اَستادٕ تھاوِتھ — مہٕ چاٲنی دٔرٕی چھہ کروٕنی رٕنٛدہٕ ژراوِتھ

وَنِن چھُس لاپہٕ دِتھ دِیِوی مہٕ چھم موج — اَکی رٕیٚہٕ اَگنہِ سٔنٛی سوٗے دٔرٕی فوج

وَنے دِوٕنی لاپہٕ دِتھ یوٚژٕ چھَے ہیٚنٛز مآل — سَرِچھ مازس اندرٕ وٕنی بیٚرنے آل

سہٕ پوٚترن سیتھ ہو رازٕو گٔیِ کام — یَینہٕ آمِژ چھیوٕ کِنہٕ کونٛدٕ چھَے آم

ژٕ بہٕ گنٛزرِتھ لاگِنہٕ ہیٚنٛدی رٲکھس چھہٕ مارٕنی — ژٕ بہٕ مارِنہٕ آیہٕ زٕنٛمس اٲسی ژٕ بارٕنی

وٚوٗنِتھ دِوٕنی رَتھِ رَتھ اَینٛجِ شژ ہاچھَم — بہٕ سرِسَی منگہٕ وُنی یوٚت واتہٕ ناوٚیم

لدٚیم نے سِرٕ بہٕ تیرٕ وٕ سٔنٛتو زالن — اَنِتھ ژٕیٚی نِشہِ وُنی آکاشہٕ والن

دوٚپُن سِرِسی یُہ ڈُک ساماتہٕ سوزُم — مہٕ چھُم بٔنٛینہِ یُہ دکرُن ژٕ مہٕ دورٕ روزُم

یُہ ڈُک ساماتہٕ سِرٕنی لوٚدٕ سہٕ سوٗے — یہٕ اَنہٕ گوٚٹ گوٚتہٕ گوٚبرٕ وٕ مول موٗرے

پٔرٕ زٕلنہِ لوٚگ تہٕ زٕنٛم بارٕنی اَسن آسی — کلس بیٹھہٕ کِنہٕ ٹھوکِتھ ہوٚل زٕن کھسن آسی

کھٔژرس ژٕ کہٕ جہلہٕ سیٚتن لٔوینٕک کان — زٕنٛن کُنہٕ آو نہٕ زخمی گوٚس ییٚنٛز پان

سِلاح سآرِی زٕنٛن بیٹھہٕ سوٕرٕ ناوِن — سیٚتُن کمزورٕ سآرِی زورٕ ہاوِن

دِیان یٚیلہِ چھل چھلس نِشہِ ہوٚل یٚیرٕ راو — سیٚتُن خآلی سُہ چھل نِتھ ہوٚل لوٚگ ناو

چھُناب گوٚبرٕ ہٕندِ پٔژھی پان گالَن — گوٚبرٕ نبرن بیس دستارٕ والن

وُچھکھ یٚیلہِ شیٚن یُتھٕ گومُت دٕوٕ زٕلگُل — سِنٛز فوجا زٕنٛن سٔنٛی اوس ییٚنٛھہ ژوٚل

سِمنِتھ آیَس تہٕ دِمٕنُس ژٕرہٕ ییٚنٛتھ کان — وسنِتھ ییٚیوٚ برزٕمیٖن ناوان ناران

سٔیٚنی خوٕشدل وٕژھک آکاشہٕ وٲنی — زٕنٛنس سِینٛنایہ ژٕجُو دِوٕنیدٕ نِشہٕ گرآتی

نہٕ بوزِتھ خوشہٕ سیٚٹھاہ سآینی ژٕ بارٕنی — ہیٚنٛکِھ آٹھن زٕنٛن ہیٚنٛدی ناج زھارٕنی

أکھ سۆنبر تھِمَن سارێن کۆرُکھ بابہ ॥ اسان گئیہ ماجہ نشہ آسکھ گمٕژ خوار

## سِیتایہ ہنٛدی وِیلاپھ

وٕنہِ لگی ماجہ اسی ہے نوی ژنہ زائی ॥ امارُت جان جیزا ہنٛتھ ژنہ آیی
دۆپکھ تمہِ ماجہ لگنٛوہ رُمہ رێشِن آے ॥ اینٛو مأ دیُوم کیاہ چھُوہ ژھوٚپہ کرِوا مے
أکھ تم بوہ کھچہ تس نشہ ہشرأ وِکھ ॥ نِکِھ تم تاج ہیۆن ہیۆن ماجہ مأ وِکھ
وُچھنٛتھ سِیتایہ بِیلہ تم پرِنہ نأون ॥ سینی دیوانہ سن سامانہ ژرأوِن
ژلنٛتھ ہیۆن ہیۆن لجکھ مأ وِنہ گوبُورَن ॥ لجکھ تم سیر تیٛلہ باوِنہ گوبُورَن
یہ موُرُوہ سُے یہ ہیمی مارس گنٛسی زن ॥ بچھس ہیمی بالہ پأنے کالہ سرکھن[1]
یہ مورُوہ سُے مہ سِنٛتی یس اوُس آمت[2] ॥ یہ مورُوہ سُے تمس سنتی یس چھ زامت[3]
یہ مورُوہ ہیمی لوکٕٹ کرُس اوارہ[4] ॥ یہ مورُوہ ہیمی سہ لنکا زاج نارہ[5]
یہ مورُوہ سُے دوبارہ لانکہ ہیمی ناعش[6] ॥ یہ مورُوہ سُے پکُن یُس اوس آکاشی
یہ مورُوہ ہیمی سہ وألی مارہ نوون[7] ॥ کۆرُوہ کیاہ کار زمٕنس کر گور ژھوہ ین
پکیُو مأ وِیُوم توہی کتہ کیاہ کرُوہ کام ॥ بُہ زالس پان تس سنتی دِزس آم
تنٛھے وُنھی بیٛنتھہ بچھس چھی دیار راون ॥ ازانی اولاد مألس ماجہ مارن
پکن گے تم نِہ باڑنی پان مارَن ॥ پتہ لاکن ازانی منٛدہ چھاوِن
وُچھنہ لگی ماجہ کُن شرمنٛدہ سأپنی ॥ ہرِتھ رتھ اوٚش سبٹھاہ دریانٛدہ سأپنی
سہ گرُس شینہ رنگہ ڈبُو ٹھنتھ نفس چھے ॥ مہ ژراوُس برامِس من درقفس چھے

---

۱ رامہ جو ۲ لکھمن جو ۳ شترگون ۴ بھرتھ ۵ ہنومان
۶ انگد ۷ نؤ مۆون ۸ سگریو۔

غنیمت زان وُنکین زان ہوزان    پگاہ آسکھ نہ ماٲلس نشہِ پشیمان
گرٕ ھی خوش بیٚلہِ وٚیش کھیلہٕ ناوی    بس بہنس سٕتین اَدٕ میلہٕ ناوی
ہنو لاکن اِنی بیٚلہ زٲنی ہند جوش    وَہسرِ شینس گرٕ ھی وزی نہ کینہٕ ہوش
دپن سیتایہ بیٚلہِ وُچھنے بہِ حسرت !    ہسینی بیہوش اچھو ہنو تنس بکن رتھ
ہنَو بیٚلہِ وُچھ تلکھ سٔیتر نالہ فریاد !    دپن وُچھنو ہتو اسی ناخلف زاد
بکن گے ہم رٕہ بارٕنی ماجہِ سٕتی دٕرای    وہنہِ لگی ایشرس کُن ووہنی زٕہ کرپاے
نیکھہ توٚت موج نمہِ بیٚلہِ وُچھ سُہ حسرتھ    وُچھنہ سیتایہ نیترٕ وکنی ہوٚرن رتھ
کرٕن لبلاشرن سآپنی دَیس کُن    نراینہٕ وانہ ناو اَسہِ ووہنی پیس کُن
نراینہٕ بےخبر چھی اسی وتان زار    نراینہٕ ماو دٕرشُن کاس اندہ کار
کرٕ نہِ لگی نالہٕ منتٕ تنس لگی وٕہنہِ زار    مہ کیاہ کوٚرمے زٕہ گرھتس ووہنی سٹھا خوار
سہ سینا رامہ ژٕندرس اس ژھارن    اچھو کنی اوٚش دٕزتھ رتھ اَس مارن

اَشہ کنہ جویہ جویہ رتھ چھس بہ مارن

سینا رامہ ژٕندرٕہ پراران چھے

لشہِ نار گوٚنڈ تھم پئیہ اشہ باران    پشہ کوہ نہ ہن ہن تار نار گے
چارٕہ کرٕ نارٕہ ترِہ ژٕندرن نہ تارن    سینا رامہ ژٕندرٕہ پراران چھے
ژٕی چھک آرٕہ روٚشت والنجہ ساران    ژٕینی چھے پرٲن میانی گالنچ پرٕسے
ژٕی زندٕہ کران ژٕی چھکھ ماران    سینا رامہ ژٕندرٕہ پراران چھے
ونہٕ چانہ وُچھان پیتہ بینہٕ لاران    لسنک نہ مرنک ترٲوِتھ بے
دٕرٕہ ناولہ نارٕہ رٕہ پان کھاران    سینا رامہ ژٕندرٕہ پراران چھے

نن نارٕ دزان منٛہ کنٛہ چھہٕ ژھاران  وۄنہٕ کس سنٛہ گوم پرٛژھان چون پے
ژٕ نہٕ گیم جگرس وۄنہٕ چھس پہٕ تھاران  سِتبا رامہٕ ژنٛدرٕ پران چھے
پرٛ کاشہٕ تٔنہٕ تٔرٛ اکہٕ تنٛھہٕ چھس پہٕ داران  کرٛوۄٹھ گرٛتھہٕ ننٛ یارٕ مۄنیوٹھ آسہٕ مے
ژیوٚٹھ زان سمسار منٛہ سوٕ دناران  سِیتا رامہٕ ژنٛدرٕ پران چھے

مأر نفس مدٕ نو وۄنہٕ چھےٚ آدن
پادن ونٛدٕیو ژوٗتے جان

کن تھاو منٛہ کنٛہ بٕن سموادن  بُلبُل نہٕ بیٚہ گُل نالان چھی
بی بیٛلہٕ وکھن وۄنہٕ مٔن وٕنسادن  پادن ونٛدٕیو ژوٗتے جان
دوتھ یٕژھہٕ پنٛنن وٕمن راجہ زادن  ییم دٕرٛاپہٕ چاپہٕ کھوتہٕ بڈی پہلوان
کیٛاسا ون لوکھ بٕمن اولادن  پادن ونٛدٕیو ژوٗتے جان
پرٛژھوم سارنی سبدن تہٕ سادن  کیٛا سا ژلیم ناووٕنٛدک ارمان
کیٛنہٕ تہٕ نو چارٕ لگہٕ لاشنن وادن  پادن ونٛدٕیو ژوٗتے جان
یمبرزول ونٛدیو دھن پوشہٕ پادن  اتھہٕ روٚٹ کرٛم چھم سیٛٹھا ارمان
کتھہٕ کرٛ مدٕنو وۄنہٕ چھےٚ آدن  پادن ونٛدٕیو ژوٗتے جان
سرو قدٕ لگیو شاخ شمشادن  دپہٕ تنہٕ سنی ماتھوٚد تُل پاد
دتھرےٚ سبزی پیٹھ ناگہٕ رادن  پادن ونٛدٕیو ژوٗتے جان
کن تھاو ننہٕ منٛہ ین فریادن  منشہٕ بادٕ پرٛتن کاکنہٕ پیٹھ چھہٕ گدان
زالہٕ دۄل جانورٕ سیمبہٕ صیادن  پادن ونٛدیو ژوٗتے جان
پرٛ کاشہٕ چارٕ نو لاشنن فسادن  یِمٕ زول اگنیان نمٕ گول پان

## کانٛہہ نہٕ نوٗ وُنتھ مہیکہ یمِن سموادن

## پادن وَندِ یوٚ زُوتے جان

ژھُن ییٖلہِ رامہٕ جوٗدوٚہ سآینِس رات — سینی یِژھ تِژھ مہ آسِن زاہ منٛش ذات

لوٚبُن ییٖلہِ دوٗرٕ رُک ژٕ لول تس اوس — دوٗبی ترا وِتھ ژھٕنِن یکسان ننٛیلہِ گوٗس

لبُن تنٛتھ پُتھ لبن چھی روٗمت دَے — زٕرِن اڈہ زندگی رخصت کرِن گے

نِہ زانہٕ سینی وُچھ کیاہ چھوٚت وٕنہ زُلن ہوُل — سینی ییٖلہِ زان یآیِس یونی زِن مٕوُل

ندِ بہ سینی مِیج یامت ژھٕنِنہٕ گُمرٕ جوَے — گرٕ زٕنہٕ رِنشہٕ شانت سآینی ییٖلہِ زٕٹن خوَے

یون نوٚنت لوٗنہٕ کوٗش دِ ہٕنہ وَے دِوِن باک — رِوَن واراہ نہٕ سیٖنس سآینِن چاک

وِن وآنی نِہ لونکھ یی دوکھ بیول — کھسَن پِنکہِ پِنکہٕ نشآلِس چھےٚ کھسن شوٗل

ننے بوزک سہٕ سورُے اوس پانہٕ — نھوٚوُن ییٖنہٕ یآیِن کٔنٛہ ہُٹ یی نِشانہ

دِلا کرٕ ہوش وُچھن گرِتھ دَیہ کارن — گوٚبُر مآلِس نہٕ گوٚبرِس موٗل مارن

یُژھاکھ یوٚد دَے گوٚترٕھم آسُن مہٕ راحت — گوٚبُر چھک گال زُوِنِنِس بَس پتھ

کرکھ پُنھ از بیس پنٕنِس سِتن کار — ترٛکھ تنٛتھ پانہٕ یوٚد آسکھ ژٕہ اوَنار

ژھنن یوٚد اچھ وِٹتھ اِتھہٕ سر پھٕہ آلِن — لبن نم لال ہِم یب موج پالِن

دِلا وِوٕتہ ماجہِ مآلِس پٹھ جِگرٕ گال — سپدتھ آسی سہا روزی مہاکال

ژٕہ یوٚد دَے وآرٕہ چھکھ الماس گردن — بدرٕ گاہے پدرٕ جاروب سآینِن

ژٕہ یوٚد دَے پآیہوب موج مانکھ — سدا رِشوٗ بٔبہ وٕوما اڈہ کرٕ ژٕہ زانکھ

مِہ وُوٚہنے خوش گرِھی پُتھ بیول تنٛتھ وَو — پکاہ لونک تِمیکُ پھل پنٛتھ سیٖن لَو

سدا شوٗ سُے دِوَن یسُ زنٛدٕ گآئی — وو ماسوَے یوٚسہ کھٔیما کرٕ کروٗدیآئی

---

۱؎ پُڑٕہ، بوسیدہ ۲؎ سِرٕہ کرکھ +

بٮ۪ن کیاہ کرٕ کمی کوٚرنکھ ژٕ پیدا    ژٕ ہے ما آسی پنٕنی کنٕہ کینہ وو میدا

وو ماسوٕ ے یٚمہ ژٕ کرنَے دِرشکم جاے    ژٕ وچھ وُنہ پاپیو بھیرٕی نہ کینہہ ماے

غلط بُوزِتھ خلاف اوسکھ نیٚبر دراکھ    موٚٹھُے ادٕ کھٕن تہ چن ییٚلہ نیٚبہ نوٚن زاکھ

وو مایامت وُچھنہ لجی چون احوال    کھٔما کرٕنے دوٚپن کوٗکن یہ چھم لال

نٕلتھ نھود کو چھہ کنتھ ییٚلہ للہ نو ووکھ    وُچھن گرٕتھ کھاسہ وو دکیاہ داٗمہ چوٗوکھ

اُچھن ہُند گاش ہٕشوٗد وچھنکھ ژھومے    شکمہ نیٚبر تھ کرٕن واٗلنجہ اندر جاے

خبر چھا کیاہ تمس روٗزِس ژٕ نِشہ آش    بٕرٕیم بوٚزنے یوٚہے چھم سِرہ پر کاش

دوٚہن ہٕنز کیاہ چھہ کتھ وو یہ ترٕ ژٕ بہ چھاوِتھ    بوٚن چھے وُنہ نٕون چھے وُنہ ناوِتھ

قسم چھم بوٚد سہ تیٚلہ ژھٔنی ژٕ ترٕ اوٚتھ    کسُو ادٕ پاپیو ہیٚکہ مگھ ژٕ باوِتھ

یَہَے کتھ سنہ مٕش کرٕ اوس معلوم    دوٚپن سیو اکرٕم وُنہ چھم یہ معصوم

کھٔما کرٕنے ژٕ مالِس کنُ وُچھتھ زانٔ    ژٕ بہ رالِس وو دوٚہس ہٕنتھ راوِتھ رانٔ

تہٕندسنّہ وُچھتھ روٗدے نہ کینہہ ہوش    لوٚگُکھ ژٕ بہ دِنہ اتھن زرد یوٗکھ زن پوش

وو ماما تا یہ رٕ وٚچھنکھ گُگہ منز۴ لے    ژٕ بہ کوٚرنے گورٕ گورہ دُورٕ پھلّے

غنیمت زان ژٕ وٕنکٕن کرٕ تہ پتی کار    وو مادیوی نہ رشِی جی چھی خریدار

بگاہ ییٚلہ نٕم گرٕھن نیٚبرِتھ بہ آ کاش    بہ وونَے پتہ روزی نہ میلنہ آش

گرٕھکھ سیناس بوٚد دیوانہ لاگکھ    ٹھٕھن بیرن گوھن نل پانہ زاگکھ

نَتِے راوُن مرٕنھ کیہن ژٕ لنکا    تُسند درشن وُچھتھ روزی تہ بہ سکا

حتی المقدور از بوٚد چھے ژٕ طاقت    کرٕکھ خدمت غنیمت چھے غنیمت

رِدلا خوش روز وٕنکن نھدِ تٕل سوز    بٕنُ دم چھے پوٚزُے ووٚنے پوٗزے بوز

---

سلہ یہ شار لکیھتہ ویٚزٕ آسیہ ہے تہ کاش رام پانہ دوہ نیٚرِ یہ وُہٕرِ نہ تاح آسہ ہس زندہ +

وُچھِن دٔشرتھ نی ترن یوگن ہِندِ راجہ کوٚت گو    وٕدنہٕ لگی زاآنی باپت کوشِ تہ بیٚیِہ لُو
پیوٚن نِتھکنی وِسِتھ دشرتھ وَے دِوَن ناد    مشن اِدہ رامہٕ جُوٗ سیتا پیوٚن یاد
گرا فریاد تراون ناِلہ لابن    گرا رِتھ پان پھننے رَزِ کھارن
گرا دشرتھ وَے سیٚمِتھ جامن دِون چاک    گرا ڈُلہ گژھ دِوَن روٚیس لدن خاک
گرا ژٲپان دندٕ سیتی گُگ دِوان ناد    دپان وُچھتَو ہتو اسی ناخلف زاد
وٕدکھ تنتھ نیتھ وٕدنہٕ لوٗک پانہٕ آکاش    سِینی تتھی نِبتھی دشرتھ وَے گیہ نبر آتش

کرن فریاد دشرتھ وَے لگی رِواے
رٕشیس کُن لگی دشرتھ وَے نالہ دِنے

## امرِتہٕ رُود

سُہ والمیک رِٛیوش گومُت گرِہ اوس نبرِ تھہ    دِپن ٲبشر کالی متہ دشرتھ ووت پھیرِتھ
وُچھن نُتھ رتھ بکن دٲری یاو دٲری یاو    وٕدنہٕ لوٗک چھا خبر کس کیاہ ٲنِتھ آو
بکن توٚت ووت بٕیلہ ڈُبُوٹھن بِہ دِبہ کار    کرِن آہی ٲبن یم ساٗری بیمار
بِہن بیٚنتھ میانہٕ بدبختیہ سِتن گو    وٕدُن واراہ وٕدنہٕ لوٗک ہی سدا شو
سنگرہ پھٕٹھِ شین بَن نُگ پان گوٚلُن    کرِن وُزہ ملہ امرِتہٕ رُود وولُن
تنھِبن یوگی شودن لگہ نابہ پأری    ہوٚرن امرِت تہٕ تم گیہٕ زندہ ساری
دِپن یوٚد وے ننے کانہہ موٗدِ مُت پرون    سپُن سُہ تہٕ زِندہ بِیلہ تمی امرِتاہ چون
سِپنی بِیلہ زِندہ تم ساٗری دوبارہ    ہِنس سِیتایہ مَن گو سنگِ خارہ
گرِھِت نتھ نِشی بِندِس ہِجرس اندر ژاے    کوٚرُن بربند وُچھتَو کیاہ گیس راے

دۆپُن بوٚت تام ہٕ میلن بنٕ ہٕ ہُنزان  بٕنُن بُنھٕ رامہٕ ژنٛدرس ماوٕ نہٕ زان

سہٕ سینایلہٕ ژٲلتھ گیہٕ تالہٕ نزاوان  بٕنن ریٚشو رامہٕ ژنٛدرس نِشہٕ نہٕ سنتان

اتھن دوٚن تھپ کٔرِتھ ییٚلہٕ آوِنس تَم  ژٕرنَن تل بٕنھرادٕ پاوِ بَس تَم

پدٕن لگی میٹھی دِ نہٕ ساری بٕمن دوٚن  خصوصن بُرتھ بٕیہٕ لکھمن شترگوٚن

اسان کھیلان گنٛدان پھرِ وِکھ مُناعدی  نگرکُن گیہٕ بٕمن دوٚن ہنٛھ بہٕ شادی

یوٚتہٕ باپوٚتہٕ ہیتھ شہرس اندر گے  وَدِ نہٕ لوٚگ رازٕ نس سیتاتٕ یٚتس پیے

ریٚشِس لوٚگ پرٕژھنہٕ وٚونس حال سورُے  خبر چھا تمہٕ ژُھنے ما پانٕہ مورُے

ریٚشِس لوٚگ پرٕژھنہٕ نس کیاہ غوصہ گومُت  کرم پی اوس کرمُن کار کٲمہ زون

پکان نس سینٕتھ گوٚ ونگلیو وٕزن قند  وُچھکھ سیتایہ تھومُت بر کرِتھ بند

اندر سیتا نیٚبر کِنہ رامہٕ اوتار  برس پیٹھ بٕیوٚٹھ وٕنس ویلہٕ نہٕ زار

## سیتایہ نہٕ رامہٕ جُون سمواد

دوٚپُس تمۍ رامہٕ ژنٛدرن دوٚتھ نیٚبر نیٚر  رِدٕلکی دوٚکھ دوٚنی ژٕلی شہرس اندر پھیر

وَدن سیتایہ وٚونس چُھکھ ژٕ اوتار  وُچھن چھکھ نا جگرس چھُم ہیٚوان نار

سمے ڈیوٚٹھُم سُبتھاہ دوٚنی ساعتیِس سیر  بٕچھ آخرٕ گرٕ گرٕ ژھُن نیٚبرُن گژھیم زیر

بٕہ نے نیٚبرے ژٕ بہٕ کیاہ ادٕ بیون چھُے غم  گرِژھی دِریاوٕ منٛزٕ اکھ پان پھوٚراہ کم

گوڈنی پی بنِہٕ یوہٕ سہٕ نژھ آسہٕ غمخوار  دوٚیُم آسکھ نرائن پانٕہ اوتار

ترٕیُم نرٕ نہٕ وَے برادر چھی بلاوٕ یہٕ  زِمینس سیتی سُون آکاش اندٕ نیٚبر

یوٚزے بوزٕک نسلی گوم ازجان  مُدا اوسُم ژِ بہٕ وانی بم نہٕ سنتان

دَیا کرِ وو تہٕ ژٕ یہ کیاہ چھے مامیاٗنی    ژٕہ گرٕ ھہ پھیرِ نہ شُرِن کرہ پٲری زاٗنی
دوہ پٕنہ وَسے لولِ نارہ ستیٖ دزن آسی    سوٗرگہ منزٕ راسہٕ منڈٕلہ زن وزن آسی
کرٕنِ لوٗگ رامہٕ جوٗنتش تارہٕ پارہ    لوٗگس ژٕمہ کنِھہ وٕنہِ اِدہ وارٕہ وارہ

رامہٕ ژنٕدرن دوٗپ برٕمٕثرٕ رے
گرٕ آنند پٕنٕنے گرٕٚ رے

کرٕ لگیکھ اڑِلہ اوٗسے    کشٹ تُلتھ اِیشرٕن کوٗسے
وٕیاد دٕہگن وٕ رِنہ سونٕدٕرسے    گرٕ آنند پٕنٕنے گرٕٚ رے
کمہِ کرٕکھ نارٕہ رِہیہ مال نابے    پانہ ژھاران چھے ناگ رابے
ژھایِہ رُونٕکھ کوتاہ نرٕے    گرٕ آنند پٕنٕنے گرٕٚ رے
بوزٕ وٕ وندُک دٕیگن ژوٗلے    روز پرٕستد شِشرٕ گوٗلے
نیٖرُوچھہ یٖمہِ پنجرٕہ ژٕرٕ رے    گرٕ آنند پٕنٕنے گرٕٚ رے
بار تُلُن وار بیٖلہِ نہ آوُے    غارٕ ڈٕھنھم نہ تمنا دراوُے
نار لگِہ بیٖہہ ژٕہ منٕزٕ رمہٕ لرٕے    گرٕ آنند پٕنٕنے گرٕٚ رے
ماوموکھ باوکیاہ چھے غوصہ    نراو ملالہٕ یِہ اِچھ مہ لوسہ
نھاو ژٕیٖتس دَے کیاہ کرٕے    گرٕ آنند پٕنٕنے گرٕٚ رے
رُچھہ کرِتھ اُچھ منٕز باگ نھاوتھ    دِری ماٗرِ وتھ دِری ماوِ ناوتھ
ژٕمہ ژالن پزِ[1] نارہ ترٕسے    گرٕ آنند پٕنٕنے گرٕٚ رے
بٕچون دُور برسیٹھاہ ووٕنی بوز    گول ششرٕ شُمٕنِھ خوش روز
اول آوارٕہ چھے لول برٕے    گرٕ آنند پٕنٕنے گرٕٚ رے

---

[1] زنانہٕ پزہ سوٗرٕ ژالن

واتہٕ ہیٖ کرٕ ژٕہہ ساماںٕہ ژراوُن سوُد کیاہ بنہٕ رہ سہٕ موُد راوُن
ہوٗل کیاہ موٗل کُسٕ نہٕ مرّے کرٕ آنند پنٕنے گرّے
غار ڈٕ بیٹھ تُسنزٕ رہ ویرے بسُ منٕزتھ گو سہٕ کتہٕ پھیرے
غم کھوان چھکھ رتھ ماز ہرّے کرٕ آنند پٕننے گرّے
رامہٕ ژُنٕدرن یامَت یہ دوٕنٕس پنٕنہٕ وٕنتھ جلاو گونٕڈلس
لگِ سہ ژاپنہٕ پننہٕ نرّے کرٕ آنند پٕننے گرّے
شینٕہ مأنی زَن مُشرٕ نہٕ آیے تمہٕ یہ دوٕنٕس پننہٕ شایے
کمیٔ ژٕہہ دوٗ پنے بکرٕی درّے کرٕ آنند پٕننے گرّے
پوشہٕ کوٗت چھُمنہٕ پوشن پایا توشہٕ کوٗت کینٕہ ڈیٹھم نہٕ مایا
روشہٕ دٕنتھم مکھ پوشہٕ تھرّے کرٕ آنند پٕننے گرّے
یی ووہ ندس گوُستِ ہہہ مالے تمہٕ کھونن دوُر ہر ژالے
زندہٕ ژُوزٕ تھ زندے سہ مرّے[1] کرٕ آنند پٕننے گرّے
لوٕلہٕ نارُن جلاو روٗٹٕن نِیٕلہٕ وٕٹھ ماپنُ ژوٗٹٕن
یی دوٗنُ ووہ نی مہہ مارنم درّے[2] کرٕ آنند پٕننے گرّے
ماجہٕ دِیو یہ کُنُ گیٔہ شٕرن آس راتس لیلا کرّن
ژُون زن آس لِجٕمر درّے کرٕہ آنند پٕننے گرّے
گاش بنیھہٕ ہیونہٕ پرکاش نٕنّ لوٕلہٕ الماسہٕ سِنیٕ ووہ ندہٕ کھٕنّ
پوخٕتہٕ ساع پنُ مَن موٗخٕتہٕ ہرّے کرٕ آنند پٕننے گرّے

---

۱؎ یو گا میچہٕ کتابہٕ مطابق ۔ ۲؎ یہ لفظ چھُہ مشکوک ۔

## ماژہ کرٕنس اُمی ماژہ منّی

### پاژہ وُتّی کر میٛون چارہ

ماجہ ژالیس تہٕ وُزٕنیٛلہِ ہُورُم[1]    کرانہٕ درٲلیس ننّا سوُرِم
لانِہ آیس اُمِس سٕتی    پاژہ وتّی کر میٛون چارہ
ژہوٕ وُنے پھرِمہ جونتش نہٕ پنڈِت    کوہ لِہ ژھینہ ناوہٕس کِنہ گنڈِت
چھم وُچھنی ہان بم گوم اُپنّی[2]    پاژہ وتّی کر میٛون چارہ
کوہ لِہ ژھِننس بہٕ بیٛلہِ ماجے    وَتہ پھوٗرُم زنکھ راجے
نَتہ ما رٕبیٚس کونہٕ تنّی    پاژہ وتّی کر میٛون چارہ
مُبل کٔرتھ دِمہٕ وٚیشا مبترِن    کونہٕ چھُم ووٚنی کرمہٕ لون بیترِن
غاَب ساَ نٕپنُن بیٚمہ ماَ اُتّی    پاژہ وتّی کر میٛون چارہ
سُے یُس سٕنیدِ ایور نرّے    یُس دٕبن برِ پٕننے گرّے
نتہ میانٕی پاَٹھی یُس مرِ بیتّی    پاژہ وتّی کر میٛون چارہ
وردَ نو وُیشہِ بُرِزہٕ گوٚنڈُم    گُٹھ کھسِنہٕ کِنہ کوہ بال ژھوٚنڈُم
وَن گیِٔس کن گیمٕ روٚتّی    پاژہ وتّی کر میٛون چارہ
لَشہ گِنجنم ناَرِنہٕ ژَھٹّہ    پٕشہ کوتاہ کرٕنم گٹّہ
ہَشہِ کرٕنس پھوکھ دِتھ اُپتّی    پاژہ وُتّی کر میٛون چارہ
ہوش ڈٔلم ڈُیوٗٹھم مِہ ونّا    ہوش اوُسم گومُت ہنّا
اوٚش اوُسم مِہ سٕتی عہ سٕتی    پاژہ وُتّی کر میٛون چارہ
باوٕنس آم مِہ گوم ژاَوِتھ    کیاہ وُنِتھ ہیکہٕ تا ونِہ چھاوِتھ

[1] یہ لفظ چھُہ مشکوک۔ [2] مہٕ دِس یہ تکلیف نہٕ یہ انادر وچھُن۔ توے ژاآیس نتہ وِنہٕ یمہ راژن +

راونس میانی پرہ پاپھ کھٹی — پارہ ونی کر میون چارہ
ژٕ ینس نوت نمہ حالہ — ماجہ پینہ کرس حوالہ
کیاہ ونتھ ہیکہ نس چھم سہ ستی — پارہ ونی کر میون چارہ
تیوت ودم سہلاب ہنیو — اشہ ستی سور سمسار ونیو
دوہ نی ژہ کتہ روز کھ منبرہ دئی — پارہ ونی کر میون چارہ
پوز چھہ تی ییلہ پیغام بوزن — ادہ ظلمت لوٗ دٕر سوزن
ویاد گژ دپ ژگ ساڑہ سنی — پارہ ونی کر میون چارہ
یانہ نوت آو مورن سہ راون — ادس کوکن دیماغ ماون
غوصہ کیاہ آم نرا وھ مہ تنتی — پارہ ونی کر میون چارہ
ادہ نینس ازان ماجے — ویلہ ونی ونی تمہ اشکہ گاجے
مشکہ کرم شرن ستی — پارہ ونی کر میون چارہ
شرن ستی کرنم شرپھ باشے — زا جنس لا جنس والہ واشے
دیوتاہ ستی گیہ آہ کئی — پارہ ونی کر میون چارہ
انن زونم نہ بیتھ بوہ سرس — کیت[۱] ژولم ہر دوہ نی کیاہ کرس
ہیت لودنم ژبہ پاپھ کھٹی — پارہ ونی کر میون چارہ
لژ ددنہ گور کانسہ مہ زیون — ژوہ ییلہ نیلہ سہ الماس کھین
کور زابس سور گوم ہینی — پارہ ونی کر میون چارہ
کورہ گرہ آسنے ڈیکہ سبدتھ — نینہ نیتھ گرتھ ہینے یس پنہ وتھ
دوہ نی یہ ژہارت پینہ ونی — پارہ ونی کر میون چارہ

---

۱ کیت چھہ اکس گرھدس ناوتسند اتر ژولم نہ +

دِیوٕ تاہ ڈرایہ ساعکھی دِتّنے　　مٲلِ بُوزُس لوگ رٕو آسنے
ڈرِی کیٛاہ ہاوِنہٕ دارِ چھتّو　　پارٕہ ؤتّی کر میٛون چارہ
کیٛاہ ؤنتھ ہیکہٕ یتھ سورگہٕ واسس　　پَرٛتھ اَنِن عامس تہٕ خاصس
دِیوٕ تاہ ہیٛنہ سِیناچھ شُتّی　　پارٕہ ؤتّی کر میٛون چارہ
نوتہٕ ینٕ پرٕزُن پولُن　　شِینٕ کرٕوہ ادہٕ اگِن زولُن
ینھی پرٕیے کسؔ چھہٕ ہنسیمنّی　　پارٕہ ؤتّی کر میٛون چارہ
برٕہ کرِ نس بہٕ شاہہٕ سونٕدرہ　　سَرٕہ کرٕ نس نارس اندرہ
درٕہ لاٗجنس چھو یمتّی　　پارٕہ ؤتّی کر میٛون چارہ
مٲلی ؤبنانس چھے وُنہٕ آدن　　کاٗلی رٕاوی نہٕ تھوو تھسٕ نہٕ زاکن
ژاٗلی تمہٕ نارٕہ تیٛنگل تتّی　　پارٕہ ؤتّی کر میٛون چارہ
تہٕ اَچھن دِژٕہ مہہ پولادٕہ تیچھے　　کھوٗٹ بہٕ ڈرالیس نہٕ تمہٕ کہوٕ رچھے
گوٗٹ سَمے گوم آیس نہٕ یتّی　　پارٕ ؤتّی کر میٛون چارہ
گرٕہ پھیٛنہٕ دژٕہ پاٗنتسہٕ اُبرٕم　　صاف ؤنتم کم باپھ گرٕم
کوٕ نہٕ ؤنس کیٛاہ گوم میہ شُنّی　　پارٕہ ؤتّی کر میٛون چارہ
گرٕ ژھنِنس نیبر گڈٕ تھ　　شرٗاکھ دِژٕہ نمٕ وآلنٕہ اُبرٕتھ
واکھ اوسُم ووہنی مرہ یُنّی　　پارٕہ ؤتّی کر میٛون چارہ
ماہٕ کیٛاہ یاہٕ کس بو زابس　　زانہٕ کسُ لانہٕ کس بوٗ آبس
دن گیٗس ووہنی بہٕ تدن لُتّی　　پارٕہ ؤتّی کر میٛون چارہ
زرٕم گرٕم پَچھ کیٛنہٕ ہنّا　　گوم ووہندس ایزٕ بنّا

کأم گیم کمن سبتی پارہ ؤتی کر میون چارہ
تبر دِتم وألنجہِ برتھ گوم اپارہِ پیور نژتھ
اپھہ سنن نہ گنھو سینی پارہ ؤتی کر میون چارہ

نارہ تیمبر پھمبس مبہ ہیتیم وُچھہ نہ وُنہِ کوُن جلاوہ ہیتیم
ریہہ پھٹتھ نبرہ پیٹھ پر ئتی پارہ ؤتی کر میون چارہ

بُنتھ ئنتھ نو نہِ پیتھ چھنہ یوّن موکھ وُنتھ پھوکھ پینے دِوَن
پھوکھ لوگم سوہ نہِ ووہ ذی مرہ ئیتی پارہ ؤتی کر میون چارہ

مُفت مانگیہِ مول چھا منگن دزون مُون ئپترن لنگن
وانہ ہے کوّن ہیمہِ حاّ ئنتی پارہ ؤتی کر میون چارہ

نال وَولنم نہ لوہ کپٹ گجِس بال ژجِس نہ ژالس لجِس
حال کیاہ لال گیم مہ پھنتی پارہ ؤتی کر میون چارہ

بسُ یرِتھ جورہ جُدائی کرّی دَے ہتن کونہ ون راوِرّی
وسہ ئس کونہ ہیہ گمہ ثنتی پارہ ؤتی کر میون چارہ

آبہ ئس کونہ بلاے اُچھن لاہ ئس کونہ کرین اُپھرِن
دزاہ ئس کونہ زبوہ کارِ ئیتی پارہ ؤتی کر میون چارہ

سِرِ یہ وآنتھ چھے ہنہِ منتے وُچھنہ پرکاش ئس چھے وَتے

بور وُنہ کیاہ ونہِ سرسوتی
پارہ ؤتی کر میون چارہ

---

ئہ وارہ وارہ +

## لولہ سیتن اوش آس تراون
## چھس نہ موُلے برہمشر راون

رامہ ژندرن دوٚپنس کھٔنم پاپھ — نمہ دوٚپنس رُودُے نہ اِنصاف
کس ژہ چھکھ دوہنی یمہ ٹھانہ ماوَن — چھس نہ موُلے برہمشر راون
نمی دوٚپس لوزہ کھما ژہ کر — نمہ دوٚپنس مشردے نہ زاہ بر
کس ژہ چھکھ یم یتہ دراوماون — چھس نہ موُلے برہمشر راون
پاپھ ورزنت بوٚنے مہہ مالُن — تاپہ نشہ سیٚمی روٚچھہ مہون تالِنُ
کس نہ وارِوی وتھ راورَاوَن — چھس نہ موُلے برہمشر راون
نمی دوٚپس لوزہ کرخانہ داری — نمہ دوٚپنس نرآوم مہ ساری
بیٚیتہ بہت کاتِسہ سنتھ چھس نہ ماون — چھس نہ موُلے برہمشر راون
نمی دوٚپس ووتھ گرہ ین گرِھی جان — نمہ دوٚپنس وُنہ چھس لرزان
ہیتھ سُہ لکھمن نتھ مازہ ھنیم وَن — چھس نہ موُلے برہمشر راون
بیہہ ژہ پالس ریہہ چھم جگرس — خوار چھس کُنی کیول تہ بیکس
چھسنہ معصوُم چھکھ تنبہ لاوَن — چھسنہ موُلے برہمشر راون
ووہذہ زن گونس سنگہ خارا — رامہ ژندرن ووٚنس واراہ
مَن چھہ ژآنژل نَن دمہ گراون — چھس نہ موُلے برہمشر راون
نمہ دوہپنس سوُرم جوآنی — کرتلِتھ ووہنی ہمیکہ بار چاٰنی
چھمُنہ طاقت نن نارہ زالن — چھس نہ موُلے برہمشر راوَن
ہوش نوھتم ژیہ پوشنُولہ — مُشکہ ببرگُڈ تھَس موُلہ

کوہ نگ بہ زٲ جتھس زن آمہٕ تاوٕن — چھس نہ موٗلے برمشرٕ راوٕن

چھم ژٕہ رٕشرے کینٛہہ ماوہ میدا — لس ژٕہ گرٕھنے گاژاہ پادا

کھسہ بہٕ کوہن اِچھہ پوش چھاوٕن — چھس نہٕ موٗلے برمشرٕ راون

چانہٕ لولُک سوٗرُم تمنّا — چھس نہٕ یژھ ترٕٹھ آسِس بہ سیتا

آزٕ ماٗرِتھ بیٚیہ آزٕہ ماوٕن — چھس نہٕ موٗلے برمشرٕ راون

لُس ہَس ماجہ کرہ نُتوٗت ووہ دس — لس پیٚیا ادہ بیٚیہٕ کانسہ بُہدٕ پس

پامہٕ کیاہ چھکھ ویٚہہ دامہٕ چاوٕن — چھس نہٕ موٗلے برمشرٕ راون

کازٕہ زونے لوگنھم گروٗنیٚ — پوٗر کتھ رگہٕ دَین ژوٗنیٚ

کھینی رٕدٕژ نھس گاٹٕھ نہٕ کاوٕن — چھس نہٕ موٗلے برمشرٕ راون

نادِ دمے دِنتھم نہٕ آلو — داد بوٗزُم سہو نہٕ شالو

ویاد منٛج چھکھ یاد پاوٕن — چھنہ موٗلے برمشرٕ راون

ہنتھ بہ بیٚلہٕ یِ آسس آمشر — ھنتھرٕ گاسہ زن آسِس زامشر[1]

کھینتھ ژھنس می آدم کھاوٕن — چھس نہٕ موٗلے برمشرٕ راون

لوٗب تمنا ساری مہہ دزایم — بارہ کندی بیٚلہ کھورن زایم

ووہ ندہ دوٚدِ مُت کیاہ شہلاون — چھس نہٕ موٗلے برمشرٕ راون

لُس کری لولہٕ ستی دسنہٕ پوشن — خسنہٕ کرِ ہن نس چھکھ روشن

اَستہ ادہ نستہ رِکھ چھکھ داون — چھنہ موٗلے برمشرٕ راون

زبٹھ سوٗرِتھ منجہور چھووم — پوہہٕ پن زن ساما نہٕ ترووم

وِبرِ ماٗہ منذی پاٹھی دوٗرِتھ گیم نن — چھس نہٕ موٗلے برمشرٕ راون

---

[1] برھمہ ہتیا چھس ماجنہ امشر (پرساورام)

ییمہ ریشہ بینہ رٕچھنس یہ وارہ          آسس یئر گاشرٕ مارہ
وندہ ہس من پہ دوہن پادن          چھس نہ موٗلے برہ مشراون
راتی راتس کرکھ ہشیاری          کو نہ لگہ ہکھ پادن پہ پاری
آسی دوہ ندہ کی غم غوصہ تراون          چھس نہ موٗلے مشراون
رات سوٗرتھ صبحس پھول گاش          ژرہ وسرن ییلہ ژرہ وہ پرکاش

ریشہ دوپس دوہنی پہ سینہ لاون
چھس نہ موٗلے برہ مشراون

دوپس نمی ریشہ مرزہ دس برکو ماری          کھیما کرنس کران برتھا چھہ داری
مہ دس نزاہ چھہ برتھا جان چیزا          کرس سیوا ژہہ گنزراوی عزیزا
ژنین سیوا کرنی گژھہ یہ تھن کن          دلو من باپھ چھل کن تھو تہل بن
ژنین ہندی پاٹھی ییزراو دھرم تہ دان          وندن گژھہ برہمنس بینس پنن پان
مہ کر غفلت مرزہ یہ چھس سیٹھاہ لول          گوہبر کوتاہ ژہ آخر پان پنن تول
یہ یمہ ورنہ چھے ژہیتس برتس کرن نند          ژہ ہتس بیپھہ کیاہ بجرواتی نہ ما آند
دوپس یمہ نورہ ریشہ بابو یہ موون          امس نش چھے برابر دوست تہ دشمن
زخم امسندی بلن یہ ڈبن دوا چھے          اکس باسس امس دہ لچھ باہوا یچھی
یہ چھے ماہنتہ گوریو رشہ جانی منہ زی چھم          امس کر چھے خبر کتھہ جا یہ ژری چھم
ننتھے چھس من مبہ کھوتن کانہہ نہ ماجان          کنن کتھہ گرہ ششنس ونی آسہ ماران
ننتھے چھے وول بام کنہ کینہ چھہ بونن          موکلے اذہ چھے نہ ریشہ بابو یہ رودن
ننتھے ناند وچھتھ دوہ دہ ہتری مزاجہ          رتہ ناند کھتھ کرن درتھیہ راجہ

تھی دوٗ دِہ شرٚی صِفت نابد پھلبن سنتیٖ ۔ نہ نابد کھینتھ کرِن آوارہ کوٚہہ کیتی
اشُد چھُنہٕ کنہٕ اسُد اوشُد چھُ ژھارُن ۔ برٚدِ ویزن منٛز سوکھس والِنجہ دوکھ دبُن
سبٛھاہ غم کھینتھ مہ بیتہٕ آرام اَتھہ آم ۔ خۄ دی خود درام چھس سیتامِہ چھُم نام
اَمِس نِشہٕ سونہٕ کاس یِمی نہ کینہ وۆو ۔ ہُر داٚژہ نے کو ڈنی داوِی مَشِ نۆو
اَمِس نِشہٕ یِمی نہٕ کینہ کُنہ رۆن نٔی کھوَ ۔ دٕنِتھ بُس چھے منگن نش چھِپے ژٹِن زبو
اَمِس نشہ زہر کھیون چھے لول نھاوُن ۔ اَمِس نِشہٕ چھے اکُوی اژھرُن نہٕ راون
بہ کُنہ ژَم اُڈِ جہ رگہ رکھ ماز اوسُم ۔ نہٕ زولُم زاٚلِنَ زنگاہ کو سُم
کرُس خدمت گرٕھی نبھ نبھ سبٛھاہ شاد ۔ بگردن پاپھ خدمت نش چھَ برباد [1]
وَنی بُس رامہ ژندرس بیٹھ لگیم پان ۔ سہٕ آسی میانِ پاٹھن حالِ حیران
گرٕھن نزدیک یِس نارس اندر تنَ ۔ وُچھن گلزار تس نِشہٕ دُور روزن
بَرٕھکھ بوٚد ہمسری تس سنٛتیٖ گرٕھکھ خوار ۔ ژہ بوٚد سِبتانہٕ برنھا رامہ اوتار
بیٛن سِینا کھڈِتھ بہہ ووٚنی رٕٹِتھ غم ۔ بیی لارن نوٚتے تُ پانے دمادم
ژیٛنو بوٚد وَے بَرٕھکھ راحت کھٹِتھ روز ۔ پۄغمح بہہ گو پھہ رٹِتھ وانی نوٚتی بوز
ژہ گرٕتھ والِنج ناپکہ تاوہ گالُن ۔ پٔربکِہ لو بہ لوکِہ نارہ زالُن
مہ کینہ ووٚنی چھُمنہٕ رامنہٕ ناوہ رۆستُے ۔ دِزن چھُم دِ پچھ بنزِل وا وہ رۆستُے
پھٹِتھ پھو نُوس ٹھیکیا ژونگ واوس ۔ کرن آلژہ بہ وَنہ ژُو رامہ ناوس
نہ رُوزِم تن نہ تہ من واہسا دوٚ ژی ۔ بہ کینہ سورُے تہ کینہ سُے باہسا دوٚ ژی
ژیٛشو بوٚد وَے بَرٕھکھ آنند پوز بوز ۔ کیٛنز رحِ گو پھ رٹِتھ ژھینچھ دنہ کھٹِتھ روز

---

[1] اَمس کرتہٕ لو لہ سان خدمتھ یس گرٕھی بے فایدہ سارٕی - صرف یَنے گرِد نہٕ بیٹھ پاپھ کھارنہٕ +

گگینا نگ گبو منٛتھِنھ نارس اندر ہفو
لدُن اِدہ دادِ کس دگیہ بِس لگبسن جوش
یچ یتنزی وُچھنھ گوبہ رٹھ کھٹِتھ یہہ
اُزیکُ امرٛیت نیٛلیکُ ویٛہہ کھیوٛن دوبارہ
سو کھس وآیتھ مو کھس بوٛوِنن نمسکار
یِنیم پانس سِتنِ کینژھا دِیم گاث
ژلیمٛ ترآوِنھ بُہ ترٛیٖ کتھ جایہ ژھارَن
سو کھس پیٹھ دوکھ وُچھنھ شمشیر لاگن
ان گردِنہِ ژٹِتھ روزن کھٹِتھ پان
نِشُد غم کھبتھ دوہس بٛیلہِ سآپنیم راث
رِیہ بوٗزِت رامہ جو گو یٔژ اوارہ
یِرٛھا آس ایشرس بوزِنہ کیاہ آم
دوٛیُس نیٔ یٛیشو ژہ چھکھ اَوتار پانہ
نِتی سِبتاچھ زمش بوٗم آمٕژ
سِپٹھاہ زآرِی کرن ژیِ کُن گنٛڈِتھ مَن
ژھنِتھ ترآوِھ ژیہ منٛز آوِنھ اَمس پانے
ژہ گرٛھ نگرس اندر غم و چہ دوہ ژی تراو
ژیہ پنِہ زآرِی کرِتھ توٛنت واتیاوَن
دوٛہس راتس وِتس کم کم بہانہ

رِیہ کو بکُ رِیپھ درِزہ یعنی سو بِس نٛزو
شمُک دِس ٹھانہ صبُرک دِس ژہ سرپوش
پٛریم سوری نہ اِدہ موری نہ زاہ تیٛہہ
نیٛبلکی پاٹھن اِمس نٛژہ گرِٹھ اوارہ
دو کھس پیٹھ واتہ ناوِیم چاردلاچار
کرٛیم ہیٖتھا پھرِیم اِدہ چھمنہ کینٛہہ بات
توٗےَ بِی ژلہِ آسیٛم پتہِ لارن
پٛریمس روٗزُھن وآلِنجی پٛرا ٹن
رِدلس ڈرٛایم تماہ سوٗرِیم میہ ارمان
مُلے کر کھبتھ تلٛیم دروازہ پیٹھ زات
و نہِ لوٛگ تس رٛیشِس ہیٛنھ کیاہ چھُ چارہ
لوٛکُس دردام ناحق گوس بدنام
کرُن اوسُے لکُن ہنٛد گو بہانہ
زِنکھ رازس یہ میٛنژہِ تلہ آس دراہمژ
دنِدن دِن رات ژیِ ژو جان پاون
نِہ ماگنٛرِ رٛکھ وِس منز کیاہ اَمِس پانے
بنآرِی کرَ جگکی سامانہ سوٛبزاو
مدارا واِہ وارہ مہِنہ ناوَن
ان سِبتن ہمیٛن توٗت نام یہ پانہ

# سیتا چھ گڑھان زمینس منز غآب

یہ شیچھ بوزِتھ پکان سون رؤپھ چھکان درای    ریشن رؤخصت ہیتھ اجودیایہ منز ژای
کرن شادی مُنادی درایہ بازور    سِمنھ ریشی آیہ یگنیس ہیتھ ژوواہ پور
گرکھ جلیا مُقرّر بیٹھی برہمن    کرنہ لگی زبھ گندِٹ وٚشنس سِتِن مَن
دِین بوٚنہ پورہ کِنی تتہِ ہیوٚتھ سیناس    پِچھی کِنی اکھ وٚشیشٹھ مہاریوش نہ بٔبیہ دیاس
دِکھنہ کِنی بیوٚتھ اگست نارد مُنیشر    ووزہِ کِنی سارہ سمساری رکھیشر
بیٚین طرفن بِہِتھ آنھمہ گیأنی    گیٖنان ہاون نہ تھاون پاری زآنی
سِمنھ آمنی تیثِر سبد نہ بٔبیہِ ساد    کوٚرکھ آہنند تگُھ یکبار سمواد
اگن زآلِتھ مگن زن دیان دھاران    پھرن سمہرن برن ناران ناران
وِہِنہِ لگو رامہ ژنِدرس کُن بہ بکیا    یکِہنہِ منڈلس ژِیہ سِتِن شوٗبہ ربیتا
سِنیٖجی ساکھی چھ ہِی ژیہ سِتی آسنی    سپنہ اشمید سوہ پھل ہیٚیہ ویاد کاسنی
دھرم پولُن پوٚرُنے یامَت یہ یوزُن    شیتر گوون اہِنہ نس سیتایہ سوٗزُن
حکُم بوزُن شہ گو توٚت وون لاران    ریوٗشاہ ڈیوٗکھن پرکھٹ زن یانہِ ناران
برن پیوٗستن نہ ونِس سارِی کارن    سِنی سیتایہ چھے سٚری رام ژھارن
دیاکر وو تھ میہ سِینا مہنہ ناوُن    ژِیہ یس سِتِن مٚنس نِشہ وانہ ناوُن
نہ بوزِتھ گوشہ ریوش ٹس کرنہ زآری    غمک نل ژہ دل ژہ چھکہ ہیٚرل کوہ ماری
بٔہتھی غم غوصہ ژھن زآوِتھ نیٚبر ہنر    گرس کُن یکھ ژہ ووہ ژی پہنس سوٚرن پھیر
سِنی سیتایہ بوزِتھ زآو تھدہ باک    وِدنہِ لجی بِہِتھ کیٚہن سآ ہِنہِ لگی جاک

دۄیُن کیٚنِھ پاٹھی گرٕھ نت اچھوٚدیایے    گۄڈٕنی ژھٔنۍ منٛز دِین وۄنی پانہٕ آئے
مٔشن چھُم وۄن نِشن ہتہ گوم بیداد    پٔش چھس ئیتہٕ ہشِن کیاہ باوہ روٗدیداد
اما کیاہ کرٕہ بہ رٔیوش چھم ایستادہ    دِیم مانشاپھ گرٕھہ ماخوار زیادہ
نہٕ وۄ بہ وۄن وۄنِھ نام تس سَتِن دراے    نٔنتہٕ گوہ ن عسنی ہیٚتھ اچھوٚدیایہ منٛز ژاے
جگس دالیک یامت وۄن لارن    نمِس پتہٕ پانہٕ سیتا آس لارن
بوٗن بیٚلہٕ ڈیٹھ سِیتا رامہٕ ژٔندرن    جگس ہیٚتھ وآژ منہٕ کِنی آس ہرشن
برن پیٚیہ رامہٕ ژٔندرس لجی وۄنہٕ زار    پرٕیم بوٚرس سیٹھاہ کوٚرس نمسکار
وَنُن کیاہ چھُم حکُم وۄنہٕ کٔمن بہ آیس    بھٔرس پانس کوٚرُم کیاہ ماجہ زالِس
دۄمِس بتھ تۄرہٕ نبرٕل کر بِنُن پان    رٔیش منٛز ماوری سارٕی ژلی مان
نہٕ بوٗزِتھ لجی وۄنہٕ نارا بنس کُن    ترابنہٕ کیاہ مہ ہیٚتھ روٗیداد ساعتن
گٔبس آوازہٕ ئیتہٕ الشرہ نبٚر نبر    ادِہ سمسارہٕ نِشہٕ وۄنی سانس سبر
درزن ئیتہٕ چھس رٕتن کیاہ پان کھارہ    ژٕہ دِم ساعتھی بنِہٕ تن نارہٕ زالہ
چھسے نبرٕل مہ ییٚنی درشان تادُم    ئینی آمٕتر بہ چھس توٚتن وانہٕ ناوُم
سہ سِیتایی وۄن وُٹھ آس پھیشن    پٔش نم رٔیشی رنہٕ یامت اتھی ڈیشن
نرائن گوس بوٗزِتھ اوس رُتن سان    جُدا ساعتنی نتی وِزہٕ پانہٕ نبٕران
پہ کھٹ گیہ بوم تس سیتا بہ آیس    وۄدِ نہٕ لجی چارہٕ چھُنہٕ کینہٕ لانی بیاس
سیٹھاہ ژۄلنِھ سفر راوُن ژہٕ گولنِھ    رِشی روٗزِتھ نہٕ دھرمک وعدہ پولنِھ
بکن وۄنتھ وۄنی ٹکن کھسن ہیٚتھ ویمانس    سٔتیچ کے تھاو وۄلہ بنِس مکانس

---

لہ سارٕنی گرہ کیٚن بارٕن نِشہ روٗزِ بھٔتی گوم ظلم +

نرائنہٕ وٕنشنہٕ رٕپہ شری رامے

پرمہ دامے بۆوِنے بجے

گووِندہٕ پرمانندہ شامے — نبرا کار چھکھ نبرنامے
دامنہ واسہ دیوہٕ سہسرہ نامے — پرمہ دامے بۆوِنے بجے
بنٔ کالہِ ایشرس راج منجامے — راوُن گالہٕ پنٕچ اسہم پڑے
زنگھ راز نہِ زہٕم داڑ یامے — پرمہ دامے بۆوِنے بجے
ہلنہِ ہلنہِ ننہِ ببرم برٕنہ جامے — وٕنہٕ وٕنہٕ پھیران وٕنی دِ ریتے
منہِ منزہ وٕنہِ آم انتریامے — پرمہ دامے بۆوِنے بجے
بوٕہ پیتہٕ ایشرن راج لزامے — کیکیہِ واسنا پھیرتھ گے
ونواس کرنے منہِ لس آمے — پرمہ دامے بۆوِنے بجے
ژاوی سامانہٕ ادِہ ژاوی برٕزہ جامے — لکھمن سنتی ہیتھ نیرتھ گے
پتہٕ پتہٕ شہر دراوِ بے آرامے — پرمہ دامے بۆوِنے بجے
جنگلن منز سنتھ سنگ بوزامے — کم کم وِبد کم کم نبرنے
ترۆژ بوُزی بوُزی ییژ مہہ کرن شروڑامے — پرمہ دامے بۆوِنے بجے
وٕنہٕ منزہ راکھشس درنیٹھ آیامے — لاینس لس پتہٕ وٕنیت کرمے
لکھمن جوُ پتہ نور سوزامے — پرمہ دامے بۆوِنے بجے
راوُن آم بڈِ وِیہہ کروُدہ کامے — لنکا بہ نِینس مأوِنم سنے
زاجنس نہ گاجنس لاجنس دامے — پرمہ دامے بۆوِنے بجے
دم دِی دِی تٔی برم دِثامے — کرمس کیاہ کرہ بوُزِنم سنے

دھرمس ہیٹھ مَن مہ ڈرڈھاوِیامے — پرمہ دامے بۆوِنے بجے
گِدہ گدہ وآینو بٔتر وژامے — کیاہ سنا بوزہ نا چونے پے
ہِمت آو اۆنم بیغامے — پرمہ دامے بۆوِنے بجے
دۆہم پانہ یۆت وانہ شریرامے — دُوری ہندی دۆہ پُوری گے
نِمسندِہ وَنہ سنتی ہیبہ ژُوژامے — پرمہ دامے بۆوِنے بجے
آکھ ہیلہ لنکایہ ہیٹھ بوزامے — گولتھہ راوُن کۆرتھس کھے
سنتی نِتھس تہ غم غوصہ ڈرایامے — پرمہ دامے بۆوِنے بجے
گرہ وآتی نگرکی یرو نیٹھہ ڈرایامے — نگرس سآرِسی شہرت گے
برتھہ رازہ ہیرتھ آوندہ گامے — پرمہ دامے بۆوِنے بجے
دۆہ پانشہ گیہ کیاہ پاپہ کھژامے — کوہ زانہ کمی کۆہنہ کیاہ ووۆنے
پرہ ترآوِتھس برہ گرتھس خامے — پرمہ دامے بۆوِنے بجے
سنتا پھہ ترآوِتھہ سو کھہ ٹراوِیامے — کیاہ کرہ مرہ مرہ چھم مرہ ہے
پننیو نہ پردو دِژہ ہم پامے — پرمہ دلمے بۆوِنے بجے
لگھمن جو ہیبہ مہترِ نہ[1] آمے — وِتس نِنس ڈیشام پے
ترآوِتھہ گوم گوم مندِین شامے — پرمہ دامے بۆوِنے بجے
جنگلس منز فرِی باد دِژامے — وۆیاد کیاہ آسم پے در پے
نادکآنسہ بۆزم نہ یاد وِلہ را[2] مے — پرمہ دامے بۆوِنے بجے
باک باک دِی دِی چاک گیامے — زۆنم نہ ھیرتھ زندہ گی گے
گنیا نہ وگنیا نہ وِژار آمے — پرمہ دامے بۆوِنے بجے

---

۱ مہ پاگل بناوُنہ + ۲ الیمہ +

رانٛ دۄہ اِبشرس بی مَنجامے　　ہِی دِیہ آسنم چانی پرَے
چاک گیمٕ جِگرس آکھ ئنو دٕرامے　　پرمہ دامے بۄوِنے بجے
والِمیک رٕیوش بُوزِنٛ نۄرہ درامے　　گرِہ نبنس نہٕ گیمٕ دھرِہ مچھ ترَے
زان ہأونی نہٕ اِدہ مان پرٕاوٕ بامے　　پرمہ دامے بۄوِنے بجے
دۄہہ اکہ برٕہسپت دۄہ دِیس آمے　　اردہ راتکٕ اوس سمَے
غوصہ درام سورُے لۄنہ کوش زامے　　پرمہ دامے بۄوِنے بجے
دۄکھ متر آوِنہ سوکھ پرٕاوٕ بامے　　بمہ وِزہ یِم نہ بارِ نی ہھنہ پیے
بَیہ نرآوِنہ وارِہ پاٹھی بٕرھامے　　پرمہ دامے بۄوِنے بجے
دُرِنہ کِبن پادن نَل مبامے　　پارِنہ چھکھ آسہ وُن نیتیندرِیے
آوارِہ کرِہ نفس شہرِہ نہٕ گامے　　پرمہ دامے بۄوِنے نجے
بنُھہ سأ پنِنھ نونہ دِزِہ نَم پامے　　نُنری لارِنہ رارِہ کونہ مشان چھے
دُنھَم ہنیر بہ ونٹھی ٹھرکِنی درامے　　پرمہ دامے بۄوِنے بجے
کوہ زارِنہ اِبشرن کیاہ لیچھامے　　چونے دُورہ کرٕ بہ نزَے
وُنی وسہ بُومہ نَل بُوم گرِھنہ ترامے　　پرمہ دامے بۄوِنے بجے
برکاشہ ہاو نم سالیگرامے　　ردیوہ دارن وٕنی وٕنی دِتمے

منتہ رُو شتم نوشنم نٹرِیامے
پرمہ دامے بۄوِنے بجے

رِنہ وٕ وُبر ووُن وُنتھ مال دارکِنی درامے　　رٕیشن سأکھی منجن نال بُومہ منزٕ دامے
دِلِنہ لجی کھرٕ برٕنگس وُتھ بُومہ منزٕ باگ　　وُسنھ گیہ راہ ژٕندرُن ہنبھ دِلس داغ

نَتی پیٹھہ ازدوٚہس نام تَم تِرٛہ کارَن    دِوَن وٲنی سٕنز دوہ گنٛز پتھ جایہ تِہارَن
وسن پاتال اکھ تِہارن یہ آکاش    ننٛدیُم سمبیس وُچھن پتھ جایہ تِرٛ کاش
سُمِتنھ آگاشہٕ دیو آیہ کرنہٕ درشُن    کرنہٕ سیتایہ لگیٚ تم پوشہٕ ورشُن
رِشیس تُرٛنٛتھ اِدہ تمو کھُر ٹکہ گامہ    ہرن اوٚش پیٹھ پرن گیہ رامہ رامہ
دوٚپُک تمو ڈوٚرِ شینکر پورِ منتر باگ    وُسٹھ گیہ بوٚمہٕ تل سآ ینُن تتی ناگ
کرُدُو ہا اکھ اوس تمن نام ازنکٔری گام    وُسٹھ ییلہٕ گیہ سہ نیلہٕ بوزنہ مہ آم
وُچھم تتہ دوہہٕ منتر اکھ ناگہ راداہ    ہیو تُم سیتایہ کنٛ لایُن مہ ناداہ
دوٚہُم ماتا سٕنی سیتا تیئتر نیر    پچھہ پرادان رامہ جو کوٚر تھس سیٹھاہ زیر
تنٛھےٚ تنتھ ناگہ رادس دوٚتھ تلو تُم    نہ بوزِتھ تھوٚرہ سیتی کا پنہوم زُم زُم
چھبےٚ ییٚتھ گرٛتھ وُچھن ہاوی سہ درشُن    پیی اِدہ بوٚمہ ییٹھ نیلہٕ سوہ نہ درشُن
وَنےٚ کیاہ از ازل پی نا ابد رام    سوہ ری بُش شاتہ ساتہ ترچھہ آرام
وَدِ نہٕ لوٚگ کیاہ مِہ کوٚر سیتایہ نُنٛتھ حال    ہئنُتھ نتھ ٹیٚٹہ لِتھ گیہ زیرِ پاتال
رِیشو بام بوٚز کوٚرہس تہ اِرہ پارہ    بدن پھوٚلہس نہ ووٚلہس خاصہ وارہ
رِیشو تامَت کوٚرکھ تس دم دِلاسہ    سٕنی سیتا پرٛتھیٹی بوٚمہ کاسہ
وَنہٕ لگی تس گوہ ڈٲنی کرٛتھن زِیہ مارہ    کرٛنتھ شری لانہ گرہ کرٛتھن اوارہ
سنی پِرٛتھ آس نبرل پانہ ہوٚوُن    سپنی شیتل تہ پانس مان تھووُن
پنو لاکن پہ وِبزن بیس پہ لیوُکھن    کرُن تس تی چھہ زمنس اِدہ نہ بوگُن
بینی آمٕتر توٚتےٚ گیہ چھُسنہ کینہ پاپھ    یگِنیہ سماپھ کر دوہنی ترٛاو ستاپھ
نَو بامنت یہ دوٚنہ ہس آدہ ہوشس    کرنہٕ لوٚگ نالہ موٚن تنت اَگنہ جوشس

زُھنِن دروازٕ وٕنھی تٔمی بٕپت خزانس
غرِبن نہ اناھَن دِ تُنہٕ داسن

مدارہ وارٕہ وارہ منٕہ نووُکھ
گِنیانکُ شبٔد تھٕ بتن کھٔبوب کوُسکھ

سُہ والمیکٕ رٔیوش گنیان بتن بوزٕہ ماون
بتو سمسار چھے بٔرم بآزی ہاوَن

یگنیہ موہ کِہ لنھ نمو یام کھیوکھ بُوزن
بٔرتھ لکھِمن اٗرِن تمی راہمہ ژٔندرن

رٔیِشن جوگین دِتن سوہن موہ خنہ جاری
منگنہ آہیہ لوگ یِژھ کرٔنہ زآری

سپنی خوش جوگی بٕہمن کھٔتی ویماسن
بکن گیٔہ وآتی تم پیٔنس مکاسن

سُہ گو فارِغ اٗرِن تم ٹاٹھی فرزند
ہیرِنہ لوگ اوش کرِنہ لوگ یِمن سند

اُسو نوبٕہ دوہ ژٔمہ چھوٕ ژوجانٕہ کھوتنٕہ یٔاٹھی
حُکمرانی کرِو بیٔند رازٕہ ہندی یآٹھی

ہمس سِبنابہ ہند دوہ کھ دُور تر آوِو
غمٕک مَل ژول سوہ کھس منز یانٔ ناوِو

مکِہٕ گونڈنکھ کلس گژھتوٕہ بلاے دُور
کوہ شس کآشی لوس تمی دِ تُنہٕ لاہُور

ہکرنہ لگی پادشاہی غوصہ ترآوِکھ
غرِبین برٔھمنن دھرمارتھ تھآوِکھ

اناھَن یُتر کرِن بخشِش نزِو مال
کرَن تم پادہ شاہی آسی یُتہ کال

بِران اوس راہمٕہ راہمہ سورعالم
نُوژکھ آنند نِرو دُکھ سارِکے غم

دیٔن بوہ پہ راہمہ ژٔندرن وچھ یِہ ست پھال
اوٗنُن لکھِمن دوُن سورے رٔمنش حال

کرُن چھُم آشرت خوشدِل بہ روزَے
مکانس منز ہیٔن از سون بوزَے

ژِہ بوزِن گژھ حکُم میوٗنے برابر
دوٗیِبُن لکھمن جُون چھُس نابہ جاکر

ونُن گیاہ چھُم حکُم چھُس اِستادہ
دوٗیبُن تمی راہمہ ژٔندرن یِی چھُ وعدہ

دِیبو دِندِوٕہ شہرس منز دوارَو
رِدبو دان برہمنَن ٹوٹھبو سداشو

سپنی آینہ بندی کوچہ بازار
کرِن سشادی خلآیِق آسی بسیار

گرن منز سارِوی کوٚر شادِیانہ    قدرِ موجب اناھن دِنکھ دانہ

## شری رامہٕ جُون سوٕرگس گژھُن

نمی وِزِہ نارِدن پیغام بوٗزُن    تِتھے برہما جُوس نِشہ نامہ سوزُن
دپن نمہ دفتہ برہما جُو شونگت اوس    نینٛدرِ وُزُون نہٕ پادن تل پرن ہیوٚن
دوٚپُس برہما جُون کتہ گو کھ پیدا    گوٚمُت چھکھ آرہ کرِ ونئے وَن گژھی کیاہ
پرسند رُوزِ و وٕنِو کیاہ چھُوہ گوٚمُت کس    دوٚپُس نمو رامہٕ ژنٛدرن راج کر بس
ژلِن نمو وارِیاہ کشٹ چاٗنی دٔزی چھم    ژُلنھ ربیتا گیس میٚٹرہ تل دِتھ غم
تِتھے بوٗزِت سہ برہما گو سیٹھاہ شاد    رٔتی وِزِہ نمو مہاکالس دِتُن ناد
ژٕہ گژھ اجوٚدِیا بہ شری رامس وننُن ناد    دپُس برہما جُون لوٚدنے نمسکار
دپُس وونہ یکھ ژٕہ کھس وننی میٹھ وِیایس    خبہٕ ننی کرو وننی ژٕہ کھس پننِس مکانس
تِتھے بوٗزِت وِزِن بدِلت ہیٚبر درٛاو    ربو شاہ لاگت دپن اجوٚدِیا بہ منزٛ راو
دپن شری رام دوٚہہ اکِہ اوس دِلشاد    پرکھٹ سآ پنن مِتس وکونٹھ میٹھہ ناد
عُمر سآ پننی برابر کرِنہٕ کاہ ساس    دپن بمرازہ لاگت برہمنا آس
دُچھِنھ برہمن وٕنِتھ گو ہیوٚس پادن    وٕہنہ لوٚگ نس رٔہبہ کیتھ تھوو تھم پلادن
پرسند رُوزِ و وٕنِو کتہ چھُوہ بین جاے    گُننکُ ماچھم حکُم پنِہ مَن بھیٚو گراے
دوٚپُس نمو مختصر وونہ کر ژٕہ دربار    وٕنے کینہ کتھ اوہ سآ پننک خبردار
نہ بان بوزُن کوٚرن موقوف ہیوٚن دپُن    بخلوت پاٗٹھی گونس سٔنتی کنُ زوٚن
بہ کیٚنہ دوٚنس تِتھے نمو پانہ بوزُس    دوٚپُن برہما جُون ژٔبی نِشہ سوزُس

دوٚپُم ہتھٕ میانہِ زیوٕہ کرٕی زیٚس نمسکار
نبرٕ نِجن بُوٕ مہِ پیٹھہٕ آمُت چھُہ اوتار

عُمرساعتھ نیٖنِ برابہ تُل ٹِکن پُور
مہٕ دِم رٕخصت یکُن منزل مہٕ چھُم دُور

ننےَ چھُے یُوری روزُن اسہِ مہٕ لدبُور
زیٚس وآتِت دٕیس بیٹھہٕ ما لدَو پور

کوٚرُنھ ویُرنھ دِنُتھ سوٕن موختہٕ دالس
دیاکرو وٕنی تہٕ کھس پٕنٕنِس مکانس

رنہ یُوزِتھ آیہٕ ول زَن تس موٕ کھس گو
سیٖتُن بابنٕزِ سوٕ کھس نزآو تھ دوٕ کھس گو

تراپن بابہ آمُت تس نہٕ گو کرٕ بُوٹھ
وُچھو سمسار سارٕین کیاہ لگن مُوٹھ

کوٚرُن رٕخصت ہمُس ہِگرس خبر گے
شیُتھ ہِم دراِیہ نرآوِتھ سارِچی پٕرے

دُلِتھ ننہِ پآٹھی وسترِ رامہٕ جُو دراو
بُرتھ لِکھمن شتُرگون سیتیٖ سیتیٖ آو

اسن ہِم دراِیہ سآری گیٖہ نہٕ شوٗکس
پکہِنِ لگی تس سیتِن کھتِی سوٕرگہٕ لوٗکس

وٕنے کیاہ شور وٚتھ سآرِس جہانس
کھٕست بیٖلہِ رامہٕ جُو گو پیٹھہ ویمانس

پوٚزنے بوٗزک نہٕ سورُے چھُے سُہ پانہ
کرُن یی چھُس کرن ژھارن بہانہ

برٕھا بوٚد چھے تہٕ گرٕتھ نبرِی تمنّا
شرُن گرٕتھ تیتھ ہِتھے کٔنی گیٖہ سہِ بیٖنا

دوٚپُن تس برٕہمنس کسُ چھکھ پوٚزی وَن
دوٚپُس تمی بُوزِ تو نو نہٕ دآرِ تو کن

نہٕ بُوزِتھ ریپ تاں تمی۔ برٕہمن ہوو
تسُند نُتھ ڈیشنہٕ ساماہنہ تمی تہٕ دوو

دوٚپُن تس کُنُ تہٕ گرٕتھ شادی کرن بیٖر
مہٕ سیتِن یوٚد پکھ وار اہ گرٕ ھی زیٖر

نہٕ بُوزِتھ برٕہمن تاں کوٚر نمسکار
ہیوتُن رٕخصت نہٕ لارَن گو بیکبار

دوٚنُ۔ برٕہما جُوس سورُے سُہ کارُن
دوٚپُس برٕہما جُون۔ بیٖندرس گرٕتھ وَن

دیُس یی وارہ پآٹھی ویمان شیٖرِو
نِشہ تس رامہٕ ژٔندرس ہیتھ سُہ دورِو

تِتھے بہرارہ لارن گو بڑو دی
دوٚپُن۔ بیٖندرس وٕنے برٕہما جُون یی

ژٕہ گرٕٹھ اجوٗدِیایہِ منز وٕنیان سوزُن　　حُکم تنہٕ رامہٕ ژٕنٛدرُن واتہٕ بوزُن

تِمنٛھے بینٛدرن کٔرِن جلدی نیبر دراو　　گنٛڈِتھ وٕنیان ؤنِتھ اجوٗدِیایہِ منز ژاو

ہُمِس ڈیشِتھ سپُن شری رام بیتاب　　تِمنٛھے یُتھ سآتِھن برزُچھہٕ سیماب

دپُنکھ راژہٕ رامن حُکم بوزِو　　سوٗرِگہٕ لُوکس اندر شرُچ باژ سُوزِو

رَنی وِزہ نِنٛہٕ پیٛھہٕ وۄتھ رامہٕ اوتار　　شتُرگونن برُتھ سآری درٛایہٕ یکیار

دۄپُن تس لکھِمنس شینٛکھاٹکن وۄاے　　دَپن نیٛ شینکھ وۄبُن گوکھ نوٗن آے

بجلدی آیہٕ سآری تالہٕ دِیوان　　وُچھکھ بینٛدرس سٕتِن آسی کیتِۍ وٕنیان

دپُنکھ راژہٕ رامن کرُود نزآوِو　　کَرَو بایت یِہٕ ڈن کھُوبن اللہ چھو

کرِو بیوٗن سبٕھاہ شادی جہانس　　خوٗشی سٕتِن کھسُو نکِن وٕنیانس

دَپن سآری خلایق دیو و اِنسان　　وٕنیان پیٹھ بہت رُودی خوٗشی سان

دَپن بینٛدرس تِمنٛھے وۄن راژہٕ رامن　　گٔڈو وٕنیان یکس کُن دِیوِ تن

اَسَن ہمہٕ درٛایہٕ سآری گیِہٕ شُوکس　　کھٔسِتھ بیٛلہٕ رامہٕ جُوگو وٕتِھنہٕ لُوکس

شتُرگونن برُتھ لکھِمن تالہٕ رٹی نِنٛہٕ　　وٕنیانس پیٹھ بہت زآری کران ہم

پکان گو واوہِ ہیوٗ وٕنیان آکاشہٕ　　سوٗرِگہٕ لُوکس اندرِ ہم لگی کرنہٕ عیش

تِمنٛھے بوزِتھ وٕنیش آو لارَن　　پکن پرِتھ جایہِ گو شری رام ژھارَن

کٔرِن دیوانہٕ گی واراہ موتھُن خاک　　سبٕھاہ غمناک گو جامن دتُن چاک

وٕنہِ لوٗگ راژہٕ رامَس کُن وٕنیش　　کوہ کھنٛڈیٛن میانہٕ سٕتِن کوہ کھٔٹِتھ تن

یِتَم درشُن دِتَم کیاہ گوٗی ملالہٕ　　جگرس سوٗر گوم رٹہٕ ہیتھ یُہ نالہ

وَدَن چھُس لولہٕ والنِہٕ شراکھ دِژِھتھ　　کھٔٹِتھ رُودُہم تہٕ واراہ دِل کتُرتھم

وَنے کیاہ ازازل بوڈ تا ابد رام    سوہ رٕیس یُس ساتہٕ ساتہٕ نَس چھُہ آرام
نوَے باپت پرن چھُس رامہٕ رامہ    دیا کرتم ژہٕ ٹو ٹھتم شرِی رامہ
نرا ینہٕ رٕپہٕ چھُکھ چھے رامہٕ چھُنہ ناو    نرا ینہٕ کرکر پاوہٕ نی درشُنے ماو
نرا ینہٕ رآئی راتس چھُس ونان زار    نرا ینہٕ ماو درشُن کاس اندٕہ کار
دبس سٹنی کرٕ ژہٕ لے موہ لوُب پیتی تراو    مُرن سار بن تہٕ وُچھ روزٕنہٕ کُس آو
سوہ یژھ بھیری ووہ نُدک بنری تمنّا    شرن گژھ رامہٕ ژنٕدرس لاگ سِیتا

ژٕ یوٚد وَے لونہٕ کوش چھی تھاو تہٕنز آش
گوَرس اژہ باوسہٕ ماوِی سِریہٕ پرکاش

## لوکوش ژٕنیت تہٕ ووت اند

یہ چھُہ بنو وُمت پرکاش رامہ کرُی گامی کاشرہٕ زبانی منز

( ۱۹۰۴ بکرمی سنس منز )

# لیلا[1]

مأرنفس مدٕنو نھأو نھم لأدن　　پادن وَندیو زُوتے جان
ماتا کوہ سٕئبا آیہ برونٹھہ لارن　　رامہ جُو رہٕ یہٕ ہن نالہ متہ بو
سوہ مینز اچھہ لاران وندٕس زُوپادِن　　پادَن وَندیو زُوتےَ جان
ماتا بیٚلہِ ڈیٹھ تہٕ رامہ جُون　　رامہ جُو پرن پیوس پیٹھہ پادن
کیکیہِ زُووٚند رامہ جُوس پادن　　پادن وَندیو زُوتے جان
نادِنہ اون وٚسیٚشٹھ مہا ریوش　　وُچھ بانیچھتر راج دمہ ہوس
ساری پرن پیٚیہ نٕسندِن پادَن　　پادن وَندیو زُوتےَ جان
برُتھہٕ تہٕ شترگن آو برونٹھہ لارن　　رامہ جُوس پرن پیٚیہ پادن پیٹھہ
موَرہ چھلہٕ تاج دتھ وندٕے زُوپادِن　　پادن وَندیو زُوتےَ جان
خوش گو نگرٕ ڈیوٹھُک بیٚلہِ راژہ　　ساری دھرم دان لگی کرنے
خوش گو رامہ جُو بوٕزنک پانےَ　　پادن وندیو زُوتےَ جان
زٕہم پیوَے ہیوٚن راوٕ نہٕ بابت　　ہمیشہ دشرتھہ راژہٕ نے
تووَے ونہٕ واس گو کھرژہ پانےَ　　پادن وندیو زُوتےَ جان
ونہٕ واسہ بیوٚ ٹھہم ڈنڈک ونے　　آشرم روٚٹھ وَلس منز
شرِپہٕ نکھہ وبہہ کری آیہ توٚن لارن　　پادن وندیو زُوتےَ جان
بیچھہ رٕبنہ بیٚلہِ گوٚے نٕسندِس عدس　　شرپہٕ نکھہ شٕنیچھہ کرنس راوٕنس
نمیہٕ لیو وزاوُن لاریو وپانےَ　　پادن وندیو زُوتےَ جان

---

[1] بہ چھہ سہ لیلا یُسہ زن زامہ ہندِ دابہ جہ کتھہ منز باگ چھہ علی محمد ہ سنز ایڈیشس منز چھیپھر۔ بیتھہ لیلا یہ چھہ وارِ یاہن
جاین وزن [illegible]

سِناس لٲگِتھ گوس ییٚلہِ دہاسَ　　　ژٕورِہ آوُسِیتاہیتھ پاسَ
برم کینتھِہ دِنُن تِتھِس بھگواسَ　　　پادَن وندِیو ژوٗتے جان
گیٔہ ییٚلہِ خبر تس بھگواسَ　　　بوزُن نِہ سِیتاہیتھ گو راوُن
پارِہ پارِہ کرِٕن سوہ نِہ سندِن جامَ　　　پادَن وندِیو ژوٗتے جان
وٲتی ییلہ ہیرِ ہیرِ ڈیٖٹھک تم داند　　　نالِہ تُل تِمو گُمَ سَنا ییٚتھ
رامہِ جوٗ ییٚلہِ ڈیوٗٹھ تتِہ واوہ زادن　　　پادَن وندِیو ژوٗتے جان
زار میأنی بوز تو شرِی بھگوانو　　　پادَن وندِہ یو ژوٗتے جانٕ
راوِس مارِنِہ آکھ بھگوانو　　　راوُن تِی زانانِی اوس
دوہہ اکِہ دوہمِس مہ کر اپرادن　　　پادن وَندِہ یو ژوٗتے جان
سِیتایہ ہیتھ آکھ ڈنڈکَ ونے　　　توٚے رامہِ جو مارِنِہ اوسے
زارِہ پارِہ تس کرِ چھے آوتارو　　　پادَن وندِیو ژوٗتے جان

مأرِتھس ہِدنو تھأوتھم لادن
پادَن وندِیو ژوٗتے جان

———— ۰ ————